# لاجواب

شعرِ سۆمبرن

فیاض تِلہٕ گامی

تِلہٕ گام پٹن کشمیر

کِتابہٕ ہُنٛد ناو — لاجواب
مُصنِّف — فیاض تِلہٕ گامی
سَرورق — جی، احمد
گوڈنیک چھاپ — ۲۰۰۳ء
خوشنویس — سیّدہ نعیمہ اختر
تیداد — پانٛژھ ہتھ
موٗل — ترٛے ہتھ روپیہ (۳۰۰)
چھاپ خانہ — میکاف پرنٹرس دھلی
لائبریری ایڈیشن ساڑ ترٛے ہتھ ڈایہ ہتھ (۲۵۰) ۳۵۰
دوٚیِم چھاپ — ۲۰۰۶ء
ترٛیِیُم چھاپ - ۲۰۱۷ء

کِتاب میلنک نیب :-
۱، بہارِ ادب تِلہٕ گام (پٹن) کشمیر
۲، کرٛوٗہن کلچرل فورم کمر یری (پٹن) کشمیر
۳، کِتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر کشمیر

# اِنتساب

پینہٕ نِس مأجِس یمہٕ ہٕنٛدِ ناوٕ پمو مُشکل
ترین حالاتن منٛز بہٕ پرٕنوٗوُس تہٕ مےٚ
اٮ۪چھ گاش بخش۔

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد تمہٕ کم کاسہٕ مأ لی امدادٕ
خأطرٕ شُکر گُذار یُس یہٕ کتاب چھاپنہٕ خأطرٕ اَمہٕ ادارکہ طرفہٕ
مےٚ حأصل تیٚیُٛد۔ گوڈنکہِ ایڈیشنہٕ خأطرہ۔

کتابہِ ہٕنٛدِس موادس متعلق چھُس بہٕ پانہٕ ذِمہٕ دار۔

فیاض تلہٕ گامی

# ترتیب

## نظمہ

# پننی کتھ

کتابہِ ہُندناو" لاجواب" تھاونس منز چھنہٕ ہرگز تہٕ میٲنی یہ مقصد زِ بہٕ چھُس کانٛہہ بوڈ شاعر آہنگ باسن یِرھان دِنٛ بلکہ پزر چھُ یہ زِ کتاب ترتیب دِنس دوران رُودس بہٕ ورقہٕ ورقہٕ کتابہِ ہُند ناو ژھاران۔ کیٛنہہ ناو ژٲرِم۔ خبر مےٚ کیاز آونہٕ کانٛہہ ناو پسند؟ ڈیوٗ یہِ ناو بنیوو میانہِ خاطرٕ اکھ سہ سوال یُمہِ بہٕ لاجواب کوٚرس۔ بہ یلہِ پانہٕ لاجواب سپدس یہِہےٚ" لاجواب" بنیو ویمہِ کتابہِ ہُند ناو۔

پنُن ادبی سفر کوٚر مےٚ سکوٗل پرنس دوران شروع یلہِ بہٕ اخبارِ خدمتکہِ سنڈے ایڈیشن (ادبی میگزین) باقاعدگی سان پران اوسُس۔ امکہِ انچارج آسی مکھن لعل محو صاب ۱۹۷۱ء پیٹھہٕ رُود اَتھ اخبارس منز میٲنی کلامہٕ چھپان تہٕ بہٕ رُودس امہ کِنہِ طرحی مشاعرن منز تہِ حصہ نوان۔ یمہِ نےٚ دوٚہن ووٚتس بہٕ موحترم امین کامل صابس نِش یم کلچرل اکیڈیمی منز بحیثیتہِ ایڈیٹر کام آسی کران۔ تمو دِتی مےٚ پننہِ

موٗلُل مشوٗرٕ تہٕ مےٚ کٔرکھ رہنمٲیی۔

اخبار خدمتس منٛز میٛون کلامہٕ پٔرتھ سوٗز مرحوم پروفیسر محی دین حاجنی صاۍبن مینانہٕ ناد اکھ لولہٕ بٔرتھ خط یتھ منٛز تمو مےٚ سیٛٹھا حوصلہٕ بخش۔ امہِ پتہٕ سپُد مےٚ تمن سیتی ملاقات۔ اُمی ملاقاتن دیت مےٚ زندگی ہٕندِس نوٗزک موڑس پیٛٹھ اکھ شہارِیُس نہٕ بہٕ زانہٕ تہٕ مشرٲوِتھ ہیکہٕ۔

اُتھی دوران سپدُس بہٕ کرُوہن کلچرل فورم کرہن سیتی موحترم غلام قادر شاد صاۍبنیو کوٗششو سیتی وابستہٕ۔ اَتہٕ سمکھی مےٚ محبوب ووستاد مرحوم منظور ہاشمی صاۍب۔ یہٕ اَس میٲنی خوش نصیبی زِ مےٚ سیٛز یتھس پُر خلوص رہبر سُنٛز رفاقتھ تہٕ شفقتھ حاصل۔ بہٕ روٗدس مرحوم ہاشمی صاۍبس سیتی تہندِ زندگی ہٕندِس آخری دوہس تام وابستہٕ۔ تہندِ خلوٗصُک شیٛہجار چھُ میٲنس رُمس رُمس منٛز شرپتھ۔

پنہٕنِس ادبی سفرس کُن نظر ترٲوِتھ چھُ مےٚ بمہِ کتھہِ ہٕنٛد پوٗرٕ احساس زِ یہِ کتاب چھاپنس گو وارِیاہ زیرتہٕ زیرِ گژھنس چھُس نہٕ بے یوٗت ذمہ دار ئُلی کہٕ تم حالاتھ تہٕ پموٗ مٔنزِی بہٕ انتام گزران روٗدس بہرحال ..... شاعری رٔنگی از تام یہِ کینژھا مےٚ لیوٗکھ۔ تمیُک اکھ حصہٕ چھُس بہٕ یتھ کتابہِ منٛز پیش کران۔ یتھ منٛز میٛون ابتدائی کلامہٕ تہِ چھُ تہٕ ساۆدر وار کلامہٕ تہٕ۔ مےٚ لیٛکھی شاعری علاوٕ از تام تقریبن اکھ درجن ڈراما مگر بد قسمتی کِنہِ ہیوٗکُس نہٕ بہٕ یمن ڈراہمن تہِ کتابی شکل دِتھ۔ بہٕ کرٕ

کوشش زمیأنی بیأکھ کتاب تہٕ گژھہِ جلدے چھپنۍ۔ انشاءاللہ۔

ازتام یمن رسالن منز میٲنؠ کلامہٕ چھپان رود تمن منز چھ شیراز، سون ادب، واد، انہار (کلچرل فورم کریری) پرٛاو۔ پرتو بیتر شامل۔

بہٕ چھس کرونہن کلچرل فورم کریرکین سرکردٕ ممبران ہُند شکریہ ادا کرُن لازم زانان یمو سٲری موٗلی مشورٕ تہٕ خلوص مٕتے سیتی رودی یمن منز چھ موحترم غلام محمد غمگین، موحترم تنہا انظامی، موحترم نذیر حسین حسین، موحترم رنجور تلہ گامی تہٕ موحترم سعد الدین سعدی۔ مرحوم نشاط انصاری صاحب اُس میأنی سیٹھے ماے تہٕ کل۔ بہٕ رودُس تمن وارِیاہ قریب یہندِ رأے تہٕ مشورہٕ رودی مٕے وزِ وزِ حوصلہٕ دِوان۔ یہِ کتاب ترتیب دِنس دوران تھاوی پروفیسر مشعل سلطانپوری صأبن مٕے پننۍ مشور آیتن، یمہِ خاطرٕ بہٕ یہُند سیٹھاہ شکرگذار چھس۔ بہٕ چھس شبنم تلہ گامی ہُند شکریہ کرُن تہٕ لازم زانان، یُس یہِ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ مٕے بار بار وگرایہ کران رود۔

فیاض تلہ گامی

تلہ گام (پٹن)

دہم اکتوبر ۲۰۰۳ء

# سرنامہ

یتھ پاٹھۍ چھ سانہِ کٔشیر ہند پرٛیتھ کانٛہہ گوٗش تہٕ پرٛیتھ پیٛتر شاعری ہندِ حوالہٕ وۄپدٲن ہار پۄز کینٛہہ پیٛتھر چھےٚ خاص کٔرِتھ ناو ہیٛنہِ لایق، یمو منٛز کرِیر تہٕ امینک اۄند پۄک تہِ یوان چھُ۔ تِلہٕ گام چھُ اُتھی علاقس منٛز شامِل۔

کٲشرِ پاٹھۍ شار وَنن وول فیاض تِلہٕ گٲمی چھُ اُمی گامُک۔ یکین کرِیرِ ہائی سکوٗلس منٛز پرٛنہٕ کیو دوہو پیٛٹھےٚ ہیٛتۍ اُمی شار گنٛڈراوٕنۍ تہٕ روزنامہٕ "خدمت" سری نگر کین سنڈے ایڈیشنن ہنٛدین طرحی مشاعرن منٛز حِصہٕ نِنہٕ پیٛٹھٕ ڈراو نۄن۔

تَنہٕ پیٛٹھٕ ازتاں چھُ فیاض ہیٛتھے لیکھان تہٕ دوہہ کھوتہٕ دوہہ چھُ اَتھ تارُس نیپہٕ ناو ہُران۔ وُل چھ اُمی پننۍ گوڈٕنیُکۍ شار سۄمبرن "لاجواب" ناوٕس تَل چھاپ کرٕنُک ستھ۔ کورٕمُت تہٕ ناو بوٗزتھے کٔن کرٕنۍ چھنہٕ ضروٗرتھ میوٗلت میوٗلن تہٕ تِن پَننہِ حسابہٕ وۄتھن کیٛتھ کینٛہہ

دپن وُچھ ساپننہٕ شاعری چھ پانے لاجواب وَنان۔ کینژہ ماوَنن ییتہٕ ز شار چھِے لاجواب۔ کینژہ گژھن فکرن لاجواب کیاز؟ تہٕ کینژہ ژھارن اَتھ سوالس اَمِہ سندِ ین یمَن شارَن منٛز جواب۔

توہہ تہٕ پرٛژھو نو فیاض ماسمکھیوو

توہی تہٕ ڈُنی زیوکھ لاجواب موٚنگن

شہ دوہہ تہٕ بو غنیمتے شہ شب تہٕ لاجواب واس

ہنگس جریومے زندہٕ ب ڈیکس ہیٚتے انقلاب اوس

شامہٕ سوٚندراشوقہٕ شہرسپرِن فسانان گمبرزن

کالہٕ دیوان لوٚنچہ لیکھتھ تھوٚ دُمت چھم لاجواب

دوٚن اَچھن پٔری مس سوالن ہندی نشان

پوٚز ڈیکس پرٛ ہیٚر لالان وُچھمس لاجواب

"لاجواب" شار سوٚمبرنی ہند بارٕ و چھ ڈو ڈہتھ صفہٕ پیٹھی۔ پوٚز گوٚب پوٚترٕ چھس غزلینِ ہند۔ باسان چھ یہ شار ذاتھ چھے شاعرس زیادے یہن منزاس براہ آہش۔ فیاض نِس کلامس پیٹھ چھنہٕ وُنہٕ فلسفن، نظریہن، وعظن تہٕ تبلیغن ہنز ژھایہ ہمیش۔ یمہ کنہٕ میانہٕ خیالہٕ امنیک موٗل ہرآنی چھ، کم چھنہٕ گژھان۔

یہ چھ اَکھ شوٚد شاعر، یہ کینژھا وُچھان داپھان، ژینان تہٕ یمن مالن سنان چھ، تی چھ اَمِہ سنٛزِ زیوِ اظہار لبان۔ فکر ہند شرنہٕ ژھارنہٕ بجایہٕ گو اَتھ جذبک وشنیرے وُچھن تہٕ محسوس کرُن۔

پتھ مین وہن پنڈہن وُری ین منز یم حالاتھ کشیر باگہ آے تمن ہند عکس چھ شاعر سندس کلامس منز جایہ جایہ نظر گژھان۔ ورتاو چھ تاریفن لایق۔ یہ چھنہ ریوٹنگ ہش زمن پیپر گژھ۔ اتھ چھ سراسر شاعرانہ انداز۔

دوہن کیا چھکھ کران یمہ دار ترو پرتھ
بہراں تسبیح پران کلمات ووہنس
چوُن مالن گام ہے زونکھ تیلی
نامہ لیکھہ ناوس، متے تم حالاتھ چھا؟
ژلہ ون اوشن اڈ ڈوی دیواران لیو کھمت
ہیوکتہ نیاضن پنہ مکانک نار زریتھ

کینژن شارن منز چھ پیکر وہ تلازمکی نمونہ تہ میلان۔ سمعی بصری تہ لمسی پیکر بتیر۔ واو، نار، راتھ، ہٹرکہ، نب، ہشہ علامژ چھنے امی سندین شارن مانہ سوو بناوتس منز اتھ روٹ کران۔ مثالہ چھنے یم :-

واو چھ وولاں گلی چھ پھٹاں ییتہ کژاپھ کرتھ
ییتھ بتی منز کتہ ہبکہ جانا وار ڈرتھ
ییمہ راژ خبرہ کیتی قدا وار پھٹتھ آسے
فیاضہ وچھس منز متے سلی کژاپھ گژھاں اوس
برادی متی شاید مکانن منز مکین
منتظر یمہ کوچہ از سڑکن تلاش

لاش ہیتھ پینہٕ نی نکھس پیٹھ راتھ کیٚنٛت اَوم وتھے

گاش کانہہ ہاوِ لوٗ لکو کُنہ جایہ سَن وڈراد۔ ہین

شاعری ہُند لہجہ چھُ بےٚ پھرُک تہٕ پانہٕ نیاز بوُٚرت

شارن منٛز چھےٚ برجستگی۔ زبان چھےٚ شوٗنزرُک تہٕ میچُرُک پاس

دِوان۔ باوُتھ ہُند آے چھُ سیوٗد ساد۔ محاورٕ چھُ ویود وپوگھ۔

چِھٹہٕ منٛز آسن بُرزٕ پشن ہنٛز کتھ تجُمُر

یاد ہیُومُت چھُس شاید ماتا مال یَنٛن

تہٕ آسی منٛزٕ ری بوزاں زِسوٗ نشتھ آیو پوٗز

نہٕ وُچھ توَے صُبحن نہٕ پھوٗل شفق شامَن

شاعر چھُ حُسن شناس تہٕ لولہٕ جذبات زرِ شِان وول۔ سُہ چھُنہٕ

رِوایتی سراپا نگاری کاٗم ہیوان بلکہ اَکِس لفظس منٛز واراہ کیٚنٛہ وَنان

٥ شاعری ہنٛز سوٚندر علامتھ آس

چشمہٕ پھِری پھِری وُچھم قیامتھ آس

اودِ زوے اوٚسم وچھتھ پھِری پھِری چھتھ

چھُم مےٚ چشمن پیٹھ مگر کوہِ قاف ہیوٚ

شاعری چھےٚ باقے صِنفن ہِنٛدی پاٹھۍ اکھ ازھین ریاض تہٕ ییٚس شاعر

یہٕ ریاض جاری تھوِ سُہ گژھِ پننہِ فنک ہول ہیراوانی۔ مےٚ چھُ وومید فیاض

صاب تھویہ ریاض جاری۔ خدا دِی نس توفیق۔

مشعل سلطانپوری

# حمد

ذرس ذرس چھُ برزبان حمدُ اے خالقِ جہاں
ژ ییٚ کُن چھُ کُل جہاں پران حمدُ اے خالقِ جہاں

زماں ،مکان ،سوٚرُے جہاں، زمین کیٚ وآسماں
چھ چانہِ قودرچ یہ شان حمدُ اے خالقِ جہاں

چھہِ انبیا ژ ییے کُن نماں تہٕ قبلہٕ مُرسلن تہٕ ژ ینے
ژٕ چھُکھ ژھیپتھ تہٕ ژٕ بے عیان حمدُ اے خالقِ جہاں

صُبح تہٕ آفتاب چوٚن، چھُ شب تہٕ زُونہٕ تاب چوٚن
نبس چھُ کہکشاں لیکھاں حمدُ اے خالقِ جہاں

خُدایہٕ لایزال چھُکھ، کُنے ژٕ بے مثال چھُکھ
مکاں چھُ چوٚن لامکاں، حمدُ اے خالقِ جہاں

چھِ پوشہِ وَن مُشک ژھٹاں مُشک چھُ لااِللہ پراں
اَوے چھِ جانور گیوان، حمدا سے خالقِ جہاں

ژےٚ اَوٚرِ زوٚ بے پنَن روٚچھُتھ تہٕ بوٗد بے بہا گوٚرتھ
ژےٚ آسنَس دِژِتھ زبانؔ، حمدا سے خالقِ جہاں

ژےٚ عالمس کوٚرُتھ عطا، امارِ نوٗرِ مصطفےٰؐ
ژےٚ ڈالہِ یَس دِتُتھ قرآن، حمدا سے خالقِ جہاں

فیاضؔ کیاٚ کری بیاں، لفظ لفظ چھُ تس کلاں
قلم تہٕ چھُس گلِتھ گژھاں، حمدا سے خالقِ جہاں

# نعت شریف

حرف حرف چھُ نعت خواں، لفظ لفظ چھُ اِلتجا

سُہ آنتھ رُوس چھُ بے بہا، یہ چھُس غوطن زلیکھ کیا

پِھتے تہ آسہ ہکھ ژھ رِما، خمار ہوت دوہے دواں

ہواو ڈیو ٹھُمت چھتھن ظھری ژیہے کوُے مصطفےٰ

یندِ امار گُل پھولاں، برگ برگ مُشک ژھٹاں

گلاب یاسمین کیا، چمن چمن چھُ تس فِدا

درود روز شب پراں، مدینہ چھِن وتن وُچھاں

پھولاں چھُ تارکن جبین، گہاں چھُ شوقہ ہوت فضا

قلندرن چھُ اُور زِوتہ عارفن چھُ جستجوٗ

نبیؐ چھُ گتھ کراں تِمس، سُہ رہ سے چھُ مُرسلن مُدا

سُہ رِچھِتھ نظر سِرِتھ، سمندرن چھِ عاجزی

سُہ سِر چھُ اکھ عظیم سِر، سُہ آگرِ سے چھُ بے پناہ

فرش چھُ عظمتس نثار، رشک کراں چھِ کائناتھ

عرش تِمس چھُ میزباں، منزلِ تِمس چھُ مُنتہےٰ

# نذرانہ بحضورِ امامِ عالی مقامؑ

ژٕچھکھ پزر تہٕ جاوِداں صدائے حق چھُہ یا حُسینؑ
زمانہٕ چۄن ناو ہیتھ فِدائے حق چھُہ یا حُسینؑ

نِدائے لاالٰہ ژٕچھکھ، نِگاہِ مُصطفےٰؐ ژٕچھکھ
یہٕ تشنگی تہٕ کربلا مُدعائے حق چھُہ یا حُسینؑ

سُہ اکھ گماں زِ کر تلن ظٲہری چھُہ پوشہِ وُن بَجر
ژٕ اکھ یقین زِ پوشہِ دُن رضائے حق چھُہ یا حُسینؑ

یہِ دَس منّے چھُو تُنند، یَند چھُہ کُل جہاں یہٕ کیا دِمو
ژٕیئے سرد واں دِونتھ یہے ادائے حق چھُہ یا حُسینؑ

بَدَس چھُہ پرِیتھ زمانہٕ ہیتھ یہِ چانٔی عظمتچ کتاب
یہٕ خوٗنہٕ سٕری وَرق وَرق نِدائے حق چھُہ یا حُسینؑ

پننیٕ ژٕیئے ترٛیشہِ ہٕتی اَماز ییٔے ترٛیش عالمس دِژٕتھ
یہِ عظمتُک مقام بَس عطائے حق چھُہ یا حُسینؑ

لفظ لفظ چھُہ ترٛیشہِ ہۄت، قلم تہٕ اشکبار آز
فیاضؔ لیکھہِ کیا سُہ اکھ گدائے حق چھُہ یا حُسینؑ

# شیخ العالمؒ

(شیخ نورالدین نورانیؒ)

لولُک سرگم شیخُ العالمؒ
نُورُک البم شیخُ العالمؒ
سۆنہری اچھر ویر یتھ اخبارَس
لولٕری کالم شیخُ العالمؒ
شارُک آگُر زِیوٕ ہُند رہبر
کاشُر حاتم شیخُ العالمؒ
گاشہٕ سۆدُر، عرفانُک دٔریا
بزرُگ عالم، شیخُ العالمؒ
عانہٕ تصوٗف، عانہٕ سوٗہم سوٚ
شش کلہٕ ہُند دَم، شیخُ العالمؒ
وارِ چھُہ شولاں نٔرگس نٔرگس
اَبدی شبنم، شیخُ العالمؒ
زرار وُڈر پیٹھ شار چھُہ لیکھاں
طلِس دِتھ بَرم شیخُ العالمؒ

۱۹۷۵



یہِ ما چھُ گلمرگن سُہ یاوُنُک موسُم
دَپیے ژٕ ما چھاوَکھ چھُ چھاوُنُک موسُم

دَواثرِ کیا کرِہس یہِ دَگ پیٚیِ ژالُن
بَبا یہِ چھُے زخمن ستاوُنُک موسُم

تلاش کُس کرِ وُن سُہ کُس چھُ جامن منٛز
یہ چھُس نہٕ بلہِ راواں چھُ راوُنُک موسُم

خُمار چھا پوشاں یمبرزلَن پٮ۪ژھی تَو
دُبارِ چھا سمکھاں سُہ چاوُنُک موسُم

پٔورُسے نہٕ اَزتامتھ مےٚ زانہہ کتابن منٛز
سوٗرُسے نہٕ اَزتامتھ یہ تاوُنُک موسُم

مےٚ کیاز پھٹ وأنٛج بہٕ کیاز چھس فلوا
دل ایہِ نہٕ زانٛہہ شاید تہٕ باوٕنُک موسُم

چھہِ اَز تہٕ اَچھ لوسال کلینڈرس وُچھ وُچھ
چھُہ اَز تہٕ بٔرسہٕ راوال مےٚ شراوٕنُک موسُم

سُہ خام سیرٕ حٔن ہُنٛز پٔہر تہِ لہُر آوٕم
مےٚ دوٚپ ایِسے گُنہِ دوہہ بناوٕنُک موسُم

خبر دیا غزلن سُہ داد فیاضس
خبر ایا محفل سجاوٕنُک موسُم

# غزل

حالِ دِل باوس مےٚ تِم حالاتھ چھا
توٚہی پرٛژھِو واوس مےٚ تِم حالاتھ چھا

اوٚسنم دوٚنمُت بہارٕچ شیٚچھ کَنے
یادٕ زَن پاوس مےٚ تِم حالاتھ چھا

پرٕچھتھ پدٕس لیکھس زٕیتہٕ چھُے تالہٕ بند
چشمہٕ ووٗتھراوَس مےٚ تِم حالاتھ چھا

راہ مُسافرٕس پننیٖ اَڈٕ ڈزٕ پٕھر
آیتَن تھاوَس مےٚ تِم حالاتھ چھا

نالہٕ زَن دِمہٕ ہاتہٕ وَنہٕ ہا بار بار
چھُم نہٕ کانٛہہ ہاوَس مےٚ تِم حالاتھ چھا

پیٚوٗن مالِنیٖ گام ہے زوٗلکھ تیٚلیے
نامہٕ لیکھِ ناوس مےٚ تِم حالاتھ چھا

میوٚن ہے پٕژرٕھ نے ژٕھٗنی زٕکھ لاپتاہ
ژوٗر ژھیپہِ ہاوٕس منٛے تٕم حالاتھ چھا

شار کیٛاہ گوٚ دٕپھ ہینٛز اَکھ اَکھ غزل
لیکھہٕ ہٕس ناوٕس منٛے تٕم حالاتھ چھا

توٗتہِ کانہہ پٕرزناوِ ہے قبرٕ سے فیاضؔ
ہیٛوٗر گرٕزِ ناوٕس منٛے تٕم حالاتھ چھا

۱۹۶۹ء



وَنے نہٕ کاںٛہہ تھ دِم، ژٕنگے نہٕ کانٛہہ خزانہٕ ہیٛو
وَنے یِتے زِلوتہٕ دِم، مےٚ لیکھنُک بہانہٕ ہیٛو
نہٕ کانٛسہِ سوٗنچمُت نہٕ لیو کھمُت سُہ اکھ فسانہٕ ہیٛو
سبزٕ غِلافہِ منٛزٕ وۄلِتھ یہٕ چھُس سِیاہ گمانہٕ ہیٛو
تہٕ چھِم خبر دوٚن چھٕھے ژیٚنے مِیانہِ راوٕنکٕ تیوٚل مگر
تلاش کیاہ کرٕکھ یہٕ چھُس وۄن سوٗرمُت زمانہٕ ہیٛو
تُلاں چھُہ چاںٛنی کتھ، پٔرژھاں یہٕ یارٕبل چھیاژتھ
سُہ آرٕپل تھو یو تھہ یتھ کھٔنتھ ژیٚنے اکھ نِشانہٕ ہیٛو
چھیمِ وۄ جارٕ دارٕ پٔٹ خموش داستاں بٔنِتھ
اٰہن چھُہ اوسمُت ظٕہری یہٕ کانٛسہِ ہُنٛد ٹھِکانہٕ ہیٛو
سُہ اوس دار کِنہٕ یوٗاں گھہے خبر اَترٕ پٔرژھاں
گوٚمُت خبر چھُہ بُلبُلس تہٕ کیا وۄن ازٕ وٕ کانہٕ ہیٛو
لیکھِتھ چھُہ مِیانہِ نادٕ اختیار داریاہہ وۄن گوٚو
مکانہٕ چھِم پنٕنٕ دَزان یہٕ چھُس وُچھاں بےگانہٕ ہیٛو

سنہ ۱۹۶۰ء



یہ چھُہ موسمے آوار، دَپی ہَر تہٕ ہَر کھنا

ژاُلن ہیٚپی گُلِ لالہٕ، تیٚلی زَر تہٕ زَر کھنا

سوٚمبرٲوِی مےٚ اوٚش قطرٕ، اَچھہِ مالہٕ بناوِہم

غزلٲوی اُچھن مۄنزٕ مےٚ وَچھلی شرٕ زیرٕ کھنا

افتاب بدس چھُے تہٕ ژنگس چھےٚ زیٚنے گہاں زوٗن

یَتھ میانہِ سیاہ رأژوٚول تارکھ تہٕ جبر کھنا

طوٗفان ہمیو مُرت چھُہ ظہرٕ جانہِ مو کھے راتھ

خاموش سمندر چھُہ دَپُس اَز تہٕ تر کھنا

کانٛہہ گژاو وُٹھن ہیٹھٕ نہٕ اُچھن مۄنزٕ ژیٚنے شکایَتھ

توٚلمُت چھُیا ژٕ ناوِ جگر کَتھ تہٕ کر کھنا

نَنہٕ وور پکَن والہِ مہٕ وُچھ پوشہِ وَنکی خاب

صحرٲوی سفر اَز تہٕ سُرن چھُے تہٕ سر کھنا



واو چھُ ودلان کُلی چھِ پھُٹان یتہِ کرٛاپھ کرِتھ

یَتھ بُتی منٛز کتہِ ہیکہِ جانا وار ڈرِتھ

کُلیہ مَنٛز پٔژرٕ نٲوِتھ تُلہِ ہے لاش پٔنٛنۍ

تمۍ چھُنہٕ ہیوٚکمُت شاید اَزا اخبار پٔرِتھ

راتس آسن تھُری متۍ کم افتاب تہٕ خاب

صُبحے زَن پیوٚ تھٕرِ پیٹھٕ شبنمی قطرٕ ہٕرِتھ

وُنلہِ چھُ کوٚڈمت کاڈ سۄرٕ سے اوٚنٛد پوٚک چھُکھ سیاہ

صُبحُک شامُک ہیکہِ نہٕ وۄن کانٛہہ اندازٕ کرِتھ

دوہٕ نِکُس موسُم ہاوِتہٕ بییہِ رنٛترٕ ناوکھ گُل

یَتھ چمنس گۄو سۄنتے ہرُدن واو پھٔرِتھ

یُتھ نہٕ پگاہ کُنہٕ کمرس آسہِ ژٕونگ زٕزان

درواژس چھکھ نوٗٹس تھوٗمٕژ راتھ مُرِتھ

دٕوٗہنم اَز کُنہٕ چانِین چشمن مَنٛز تِم خاب

دٕوٗہس اَکہ دوٕہہ ژیٚیتہٕ بۆزی کوسِم ناں جٕریتھ

ژٕلہٕ وُن اوسٕن اڑٕ ڈٕدی دیوارن لیٛوکھمُت

ہیٚوک نہٕ فیاضن پننہٕ مکانکُ نار زٕرِتھ

۱۳۶۹ سنہ



نکھی بنیہِ مےٚ پنٕز لاش سخت واو وُڈاں اوس
اَنہار نہٕ کانٛہہ ژھائے نہٕ کانٛہہ ژوٗنگ وزاں اوس

لُکھہ ڈراے جنازس تہٕ تِمُس پانہٕ اَساں اوس
سُے میوٗن تصوٗر شہ مُترِ ہیِل خاب دِپاں اوس

کُنہ قبرِ پیٚرِس شوقہٕ مَنٛز ناو لیکھاں اوس
موٗت بوٚنہٕ ووٗں گوٚگہِ بےٚ گِہہ مُتی الازِ کراں اوس

کانٛہہ پوٗک نہ ییٚمہ درواز نہٕ اَزن کانٛسہ وُٹھن نیٚہنٛز
ہوٗتہ آرِ نیٚہٹس پیٚٹھ شہ موٗت شاے رتہ بساں اوس

رَتہٕ دآوی وُچھاں جامہٕ ژٕندی چھُویہ قلندر
اقبالہٕ زٕژن مالہ کراں تال جراں اوس

تمہ برزٕ پٕشٕج ژھاے منٛے چھُہ ازتہ اُچھن تل

یُس نارٕ وُچھاں چھُو یہ آمٕن میٚون منگاں اوس

ژھاراں سہ دیان زلو چھُہ پٕنٕز لاش گرس منٛز

فن کارٕ سہ یُس میاٚنٛ غزل راتھ گیٚواں اوس

یٚیمہ راٚز خبر کیتہٕ قدا وار پھُٹنہٕ آےٚ

فیاضہ وُچھس منٛز منٛے سُلی کڑا یہ گٕژھاں اوس

۱۹۹۴ء



پانہٕ مُیس آریِزٕ دۄن حرفن عفوٗ
لۄکھ چھِم معنی پٔرزھان لفظن عفوٗ

کٲژاہ اِٹہٕ وۄنمس زٕتیم کاغذ دروٗ گییے
جیرٕ چھِم تُلمُت منٛے ییمی قلمن عفوٗ

کم قدآور سرو پھُٹ یتھ آٔنگنس
کم سمندر شٔرپی یمَن چشمن عفوٗ

روٗ تلین زآلِم کتابن ہُنٛدی ورق
پھیٚرنہٕ ژٕری لاگِم زٕٹھتھ پرَدن عفوٗ

سوٗنتھ ہے زانہہ آو اَسہٕ کُٹری زلوٗ صدا
کینٛہہ مُسافر گٔے لیکھتھ سرٹکن عفوٗ

کأنسہِ ماسأ وُچھ سو رَتہٕ سٕرۍلاش میٖأنی
ڈُنی دِوال پھیوٗرُس کٕژن طرفَن عفو

واو تِتھ پأٹھین تُلُن پَشِ تاں وُڈیأ سے
حالِ دِلِ واوس وۄنُم وَشفن عفو

اَز تہِ بے باساں چھُسکھ کاجُک گُلاب
اَز تہِ چھِم تراوان ژٕٹھ ہَن ہَن عفو

۱۹۶۴ء



کأتہن ورقن مےٚ چھُکراوان چھکھ

پریتھ صفَس لیکھتھ ژٕ نہَ ناوان چھکھ

ناژینےٚ کتھ گامَس گژھُن چھےٚ ڈأل ہیتھ

تاپھ ہلمس مَنز ژٕ سوٚمبراوان چھکھ

سوٗنتہٕ داوو ساأنی کنہٕ ما چھُکھ گژھان

اَزتہِ ماتمِ دارِ الرا وان چھُکھ

دَپھ ژینےٚ چھےَ پھہان پننہٕ نی رأوٕمُتھ

راتھ کیٚتُ بُلی کوچہ گُنزراوان چھُکھ

حُلیہِ چھُس میٚونُے تہٕ بےٚ ما چھُس ظٲہِر

لاش یُس ڈینکین ژٕ وُڈراوان چھُکھ

پرأنی پأٹھین ترٛیش چھُکھ ناپگٕ منگاں

راہ مُسافرِ و ژٕ وِ ناوان چھُکھ

مئانی پأٹھین رأوِ یا سأری پتا

ناوِ رٕوسی یِم نامہٕ لیکھناوان چھکھ

مئون ہٮ۪و چھو کیہہ لَد چُھپیا گونٛدت جبین

آنہٕ سۄمبرآوِتھ ژٕ پھٹراوان چھکھ

کأژلِہ تیٚوٚن گلاوٕ فیاضن زبان

یاد چھےٚ سورُے تہٕ مُشراوان چھکھ

۱۹۹۵ء

پرتھ سراپا جستجو ہَن ہَن تلاش
پرتھ نظر ییتہٕ مُنتشِر چشمن تلاش

راتھ تامتھ لیوکھ مےٚ چوٗنے ناو ہیتھ
اَز چھُ عنوانکُ یمَن وَرقَن تلاش

اُسی مُسافِر بے پتاہ بے اِختیار
ژرائے صُبحن کرِنہٕ کاشہٕ شامن تلاش

میوٗن کیاہ سوچن سیٹھا آوُری چھِ لوٗکھ
چھُس کران پانےٚ پنٕنہٕ مدفن تلاش

لاش یوٗسہٕ وُچھ ہَن دَیکھ بےٚ چھُس ظٲہری
ییتھ ہجوٗمس مَنزٕ کُس کرِ ہَن تلاش

تیز ژھَھ قہر پٕچ وُنَل بیٚیہِ میٚوٗن پان
ژھُس کراں اُنی سارِ ییٚنہٕ نٕے من تلاش

رآوی ہتی شاید مکانن مَنٛز مکین
مُنتظِر یم کوچہِ اَز سٕرکن تلاش

نال تیٚے نیٚوٗنم ژٕٹھ واوَن فیاض
کیٚاہ کرن ییٚنہٕ ییٚنہٕ گوٚمُت دامن تلاش

۱۹۶۷ء

وَتھ چھِ ورِ ہیُٚ سفر چھُ نامعلوٗم

گامہٕ اجنبی شہر چھُ نامعلوٗم

نیٚبر لیکھتھ برَس چھُ میوٗنے ناو

اٚندرِ اکھ اکھ نفر چھُ نامعلوٗم

کس نہٕ سوٗنٛز چھُ بتھ تہٕ زیو خاموش

کُس نہٕ تیلاں، یہِ زَر چھُ نامعلوٗم

چھُس بہٕ تنہا یِمَو وَتو لوٗگمُت

ہمسفر چھُم مگر چھُ نامعلوٗم

تِژھ نہٕ کاہہ کتھ وٕنۍ گوژھے باساں

رِشتہٕ چشمن اندر چھُ نامعلوٗم

عمارتن چھُس زِ یور کوٚت ووتُس

دارِ بَر دِتھ شہر چھُ نامعلوٗم

کھٕندِ باپتھ؟ یہٕ کیاز چھُس سوچاں

لٕج مٕنے کٕمۍ سنٛز نظر چھُ نامعلوٗم



خاموش وُٹھن پیٹھ چھُ ہیتھ روداد مُسافر
چشمو چھُ کراں ساسہ ہُدی فُری یاد مُسافر

توہہ ماچھِ یم درواز صدا نیندرِ ٹلان از
توہہ ماوول نیصف رأژ ہیوان یاد مُسافر

اکھ ژانگی ریٛہا از تہِ گہاں دور گٹن منز
کیتہ تام زوِس منز چھُ وُنہِ آباد مُسافر

ینہ ہیو چھُ وُڈاں داو تہ افتاب شھیومُت
دُری یاوِ ہُٹس پیٹھ چھُ بیٚہتھ شاد مُسافر

کُس تام سبزِ خاب ظہری یاد پیوان چھُس
صحراوی وَتن کُن چھِ دِواں ناد مُسافر

کانہہ نیب نہ منزِلک نہ نشانے چھُ وَتن ہند
تراوان چھُ خبر کوٗر کُنتھ یاد مُسافر

فیاضہ غزل چھانی پرِتھ چارسو یس پیٹھ
گُنزراں چھُ دَ تھپکی چھُو کتہ دِواں داد مُسافر

۱۹۹۵ء



ہاوُن زَن پیو ہاوٕ بہٕ کیٛاہ یٕتھ کال یٖنُن
نہٕ چھہٕ تیٖم دارِ تہٕ نہٕ چھُہ درواژن خال یٖنُن

نہٕ چھہٕ یٕتھ وَتہٕ کُنہٕ میلہٕ پیٛاٹہٕ نہٕ چھہٕ بوڈے کاٚنٛہہ
نہٕ چھُہ یٖتہٕ سمکھان اَز کُنہٕ کانٛہہ ہمکال یٖنُن

اَسہٕ چھہٕ لیٛکھان اخبارِ تہٕ اَز کل خانہٕ بدوش
اَسی چھہٕ پرٛزھان ہمسایَن باضے حال یٖنُن

چھٹہٕ منٛز آسن بزرٕ پٕشن ہُنز کتھہٕ تھُمٕشر
یاد ییوِ ژھُت چھُس شاید ماتا مال یٖنُن

تِم چھہٕ ستارے حرفن منٛز زَن قبادٕ گمٕچ
جوٗگس چھُنہٕ اَز پانس نیران فال یٖنُن

کتھ تیم بادم غاسہٕ پرٛز نتھہٕ میاَنی کجا
نہٕ چھُہ دامانہٕ تہٕ نہٕ چھُہ کُنہٕ سپھرنس نال یٖنُن

یٖمتہٕ چھُنہٕ لوٗکن ٹارِ کھسان افتاب فیاض
ٹلی چھُکھ یٕتھ شہرس منٛز مولہٕ وان لال یٖنُن

۱۹۹۸ء



گُمٕہتر یہِ لاش پیٹھ سےٚ مٕنز چھہِ بازرس وُچھان چھوا
شناختیٚ نہٕ کانٕہہ کراں مُسافِرس وُچھان چھوا
زنجۄرِ تھاوِہم کٔرِتھ تصوٗرس وُچھان چھوا
سزا چھہِ سوچِنگ دِوان سخنورس وُچھان چھوا
ہٕ کریکہِ چھُس دِوان بےٚ وایہِ دار ہِند گنٛٹھس اَندر
اٚندری دَزاں نٚیبری چھہِ پہر دِر برَس وُچھان چھوا
ہُتین مرگ رقص کَراں ییٚتین قیامتُک سماں
جنازِ آنگنَس اَندر گرس گرٕس وُچھان چھوا
یَسُند کمالِ فنَ وُچھتھ رٔشک کَراں چھہِ کاینات
اَتھن چھُہ تراش ہیتھ تمِس مُصوٗرس وُچھان چھوا
ہٕ قبرِ منٛز تہِ چھُس وُچھان زِنبر مالیوِاں چھُہ کانٕہہ
مےٚ اَز تہِ چشمہٕ چھُم لگاں دِوہہ درَس وُچھان چھوا

۱۹۹۵ء



وۄل کتھ پشس الرکھ ژِ سنگلہِ ہش دامن
ہوا وِ ببیہ کتھ کئی لوٗگکھ یمن گامن
تہِ أسی مٔتری بوزاں زِ سوٗنتھ آیو پوٗز
نہَ وُچھ لوَسے صبحن نہَ پھوٗلی شفق شامن
نہَ کاشہ لیکھان از کل نہ قاصدے سمکھان
گلابہ مشکا بوَ یوان تمن نامن
وَناں چھہ لکھ ڈٔنی تَن چھ سوٗنتھ ببیہ آمت
یہِ ٹوٗر چھنہ پیٹھ مٔوت زِ چاکھ دِیہ جامن
ڈٔنکی سبزِ ہوسَن نیس سہ پروازے
نتے یہِ کوتُر توَ بہاں کمن بامن

یمبرزلی پارتھ ژکیا زدٕرایے کھے
بومبرٕ تہٕ ما آوٕے، ژٕہے لجکھ پامن
یہٕ پوشہٕ موت موسم بے وایہٕ بوچاوال
چھٕ پانہٕ کریشاں ازٕ بچارٕ دون دامن
گلین پچھٹری ستی ہرٕ چھٕ شیشہٕ ژھٹہٕ راتھے
بہٕ لیکھہٕ از کتھہٕ کنٕ، پھلے چھٕ بادامن

۱۹۹۶ء



مےٚ ازتہٕ من اوار چھُم پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

بدٕس کُنے سہار چھُم پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

خبر ژ ییٚ کیاہ گُمانہٕ گوٚی ژ ییٚ آلوٚ تھ کنی مےٚ کنٛ

مےٚ ازتہٕ سۄے وُتار چھُم پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

سُہ حال تھود ہم نہٕ پوٚز مےٚ خال تو تہٕ تھو وژھتھ

ہنگس مےٚ سۄے ظُمار چھُم، پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

تمے فِدا ری خاب ہوٚی مےٚ ازتہٕ چھُم اُچھن ڈلان

ذراں پہٕ سپھوٚر مےٚ نار چھُم، پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

دچھس اندر مےٚ ازتہٕ سۄے امار ہوٚت تہٕ مار موٚت

سپرکاں پہٕ دِل بچار چھُم، پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

مےٚ ازتہٕ ژھایہٕ گتی گراں، چھہٕ مانزٕ گُلی خبر کُنٛدی

خبر کُنٛد اِشار چھُم، پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

پہٕ ہر دُہی چمن ونو مےٚ ماچھ سوٚنتھ وُچھتے

مےٚ گر دُہی ستار چھُم پہٕ ازتہٕ چھُس غزل لیکھان

سنہ ۱۹۹۲ء



چھُم بدس آسِتھ تہٕ زَن نایاف ہیوٗ
اۄبرٕ ژھایو منٛزٕ سُہ ہَردُن تاپھ ہیوٗ
تیوٗت ژھۄپ اوسُس تہٕ کیتھ کھٹہٕ ہاوٕل گو
زیوٕ چھُ کرتامتھ میٚ لۄگمُت شاپھ ہیوٗ
نیرٕ کُنہٕ لاگِتھ تہٕ پھُٹرِ کھ شیشہٕ دآر
اَندرٕ شُمترٕ پنجرٕ منٛز گوَ کرٛاپھ ہیوٗ
دوستو پژٕ ژھہٕ ہَس پٮ۪ٹھ کھٹرِ کیا تھوٗو
آرٕپل ڈولُن تہٕ ترٛوُون ڈاف ہیوٗ
پرانہٕ پرٕ ہنٛزٕ سیر گژھ تامتھ سپھیرٕ من
رووُمُت کیا ہتال گۄرُن اَدٕ رٕی یاف ہیوٗ

اور زِ وہ سے اوسُم وُچھَتھ پھِرِی پھِرِی وُچھَتھ
چھُم مےٚ چشمن ہیہِژ مگر کوہہِ قاف ہیُو
راتھ کیٚنژُت آسِس ظٕھرِی اَتھ وَش گوٚ ہمُت
صُبحکِس واوس چھُ باسان زاف ہیُو
شوٗرٕ ناوان سُے منَس فیاض چھُم
یُس ہوَس اوسُم مےٚ باسان پاپھ ہیُو

۱۹۹۶ء



نیران چھُ آوارِ گیٚوان شار نِصفہٕ راتس

پھیران چھُ خبر کیٚازِ ورفتار نِصفہٕ راتس

سوٚمبران دوہس لاشہِ چھُ گمنام وَتو پیٚٹھ

ژھاران چھُ پَنُن روو مُت انہار نِصفہٕ راتس

اَسہِ ما چھِ خبر بدلہِٕ موسُم تہٕ تُلِس واو

یتھہٕ ہرِ وُستھین مےٚ یِم دیوار نِصفہٕ راتس

ہمسایے چھِ ژُلی مِتی تہٕ بَرس نیٚبر چھِ ہانکل

ژھوٚراوِ وِکس میٚانہِ گرُک نار نِصفہٕ راتس

ڈُو ہنم چھِ اخبارَس تہِ چھپیےمُتٕ یہِ خبر یِر

شاید وُن ستھین نہٕ قداوار نِصفہٕ راتس

یمہ شیشہ پھُٹرآوِن تہٕ ژٕٹِن پرد ژٕھٹِن باکھ
کیاکیانہٕ کوٗر واوَن مےٚ نٕشِ اِظہار نٕیصِف راز

یتہِ ماچھُہ ینٕن گام ینٕنی لوٗکھ بہٕ یژرٕ ژھ ہٕکھ
یتہِ ماچھِہ یشَن ہیھ ینٕواں دِوٕ دار نٕیصِف راز

فیاسنہٕ ینٕنی ژھائے تہِ باساں مےٚ وِوٕ یرٕ چھم
یِم خاب چھِہ یگٕہکی مےٚ بناں یار نٕیصِف راز

۱۷۷۹ء



یُس تہٕ سمکھان وناں خدا حافظ

اَسہِ تہِ زِیوٕ پیٹھ یوان خُدا حافظ

ٹکھ چھہِ نیراں برَن قُلف کرٕ کرٕ ی

پرسپھ مکانس لیکھان خُدا حافظ

توٕہی بچیاؤ ویوٕ ینن پَنُن داَ من

اَسہِ چھُہ رُم رُم دَزاں خُدا حافظ

واو صُبحک چھُہ ژھایہِ رُوزِتھ از

پوشہِ ٹوٗرِن کرَاں خُدا حافظ

چپانہٕ اُچھ چھِسَم وناں خبر کیٛاہ کیٛاہ

چپانہٕ چھِٹہِ چھسِ پراں خُدا حافظ

توہہ تہٕ ڈیٛرٕ پھُونہٕ مو ہلیتھے شاید
اَسہٕ تہٕ زولِکھ مکان خُدا حافِظ

توہہ تہٕ آسہو یقین سوریا مُت
اَسہٕ تہٕ پرانیے گُمان خُدا حافِظ

تو تہٕ پٔژرِھ ہے زَو تہ چھیامولوٗنم
یوٗز بُتھے نَے سمان خُدا حافِظ

ڈراو سَر ہیتھ فیاضؔ تیلہٕ گامی
اوس ییرِ ییرِ وَنان خُدا حافِظ

۱۹۹۷ء



رَنگ چھُ زن آفتاب شہرس منز

رنگ چھُ موسُم خراب شہرس منز

وینتھ چھِ دَم پھُٹ بےآب شہرس منز

بَس چھِ پھوٗلمتی سراب شہرس منز

اُسی چھِ ہیوٗن ہیوٗن دَزان نُخارِن منز

دفترا بے حساب شہرس منز

کاُنسہِ دزاوِ ہے نہٕ اَز تہِ کانہہ تعبیر

کاُنسہِ ژٕرھ ہے نہٕ خاب شہرس منز

پٕژرِ منہٕ بے وایہِ شار گٕژ تامتھ

ہیوٗت منہٕ پانے عذاب شہرس منز

وینہِ نہٕ گامن اَو ہے چھِ اُسی دوشوَے

چھپنہِ آمتی جناب شہرس منز

پرنتھ سوالس حوالہ میوٗنے دِل

لکھ چھِ حاضِر جواب شہرس منز

۱۹۹۷ء



دۄپُن باڈکھ ژٕ کیناہ حالاتھ وۄنمَس
دۄپُن ہاڈکھ ژٕ کیٛاہ کھنڈراتھ وۄنمَس

دۄپُن تِم خاب دۄپمَس زٲلی تابِن
اَزیُک موسُم پیٚژھُن وُہراتھ وۄنمس

دۄن کیٛاہ گوچانہٕ برتَل راتھ زَن لۆگ
بٕ چھُس آمُت ژھنڈِتھ طمٕہ راتھ وۄنمس

دۄپُن کانہہ نۆ کَتھا دۄپمَس ندارٕ
دۄپن سمکھان چھُیاہ گرٕ ساتھ وۄنمس

دۄہس تھاوان گرِتھ چھُس پوشہٕ ووتھرن
گُذاراں چھُس کنڈِین پیٹھ راتھ وۄنمس

دۆپُن کیٛاہ چھُکھ کران یِم دارِ ترٛووِپرِتھ

پھِران تسبیح، پَران کٔلِماتھ ووٚنِمکی

ژِ چھُکھ زٔژھران پننٕ اوٚش قطرٕ تامتھ

بٕ چھُس چشمے دِواں خاآراتھ ووٚنِمکی

ژھوٚرُسے فیاضؔ ہیتھ کیٛاہ نیرِ بازر

یِمتھے کینہہٕ شار چھِے، سوغاتھ ووٚنِمکی

۱۹۹۲ء



مۆدکُس کُس خبرِ وِل کُس چُھ مرُن
رۆدکُس کُس مکانہٕ کتھ چُھ دزُن

نۆ عبارت چھِ شبنمس لیکھِتھ
پوشہٕ ٹۆرِن چُھ جایہِ جایہِ ہرُن

سۆنتھ چھاوُن چُھ گُلشنس چھاوِن
أسی چھِ صحراو اسہِ چُھ کرایہِ دَرُن

گاش وُچھِنس بہٕ کیاز چھُس کھوژان
گوژھہ نہٕ ژۆنگے مےٚ واوِ ہالہِ پھُرُن

چشمہٕ می کُن تجن وُنُن شاید
چھُم یہِ میراث چانہِ ناوِ کرُن

شامہٕ سۆندرن بدس رُنیے مۆتی خاب
کامہٕ دیوس چُھ اتھہٕ جامہٕ وَلُن

چھُس یِھتے کنہٕ بہٕ راتھ گُزراواں

تارکن ہُنٛد شُمار چھُم نہٕ کرُان

سانہِ جنٛگلچ سُے لۍ چھیا مُٹھمٕتۍ؟

جوگہِ یِکھنا مےٚ دِکھ سُہ پٔرۍ یہِ نٔژُن

دَپھ ژیےٚ رُوٗدہٕ سے نہٕ ووف ژٕنیٚس واوو

سانہِ آنگنٕ ڈٕلُن تہٕ نافہٕ ژھٹُن

اَز تہِ فیاضہٕ لُکھ چھِ خاموٗشے

اَز تہِ آسکھ مےٚ ہُنٛدرِ ناشُن کرُن



پرٛیتھ صُبحن، پرٛیتھ شامہٕ تلاشی
شہرِ تلاشی ، گامہٕ تلاشی

کتِہ تھاوکھ یم خساب کرِتھ کیاہ
بُتھِ زَن گرِہے ، حمامہٕ تلاشی

کتھ تام لفظس ٹھاکھ چھُہ لوٗگمُت
ٹُلی ماکرِ ہَن نامہٕ تلاشی

پیمانَن گرٛندراوِ نہٕ اَدِ کیاہ
ییٚتہٕ کر گٔیہِ احرامہٕ تلاشی

شیٚیچھِ کوتُر ووفی اِیہٕ کتھ حالس
ییٚتہٕ لجٕ اَکہٕ اَکہِ بامہٕ تلاشی

ژیٚنے تہٕ وُچھِ نے بوے ماچھےسوٗنٛیتھ
ژیٚنے تہٕ کرِنے گُلفامہٕ تلاشی

میٲنہِ گرٕک کھنڈراتھ چھِ شاہد

اَسہِ گیہِ کمہِ دُمدامہ تلأشی

زانہِ خُدا ووٚنی حال فیاضٕن

اَز چھِ چلاں تِلہٕ گامہ تلأشی

۱۹۹۸ء



داوَس لگٕ ہتہ چمنکۍ ہاوس

لۆنچہِ لماں بے گانہٕ ہواوَس

تاپہٕ ژٕنجن منز من سبزٕ ووسم

خابہٕ ہلمَ سۆمبرِم صحراوَس

شورٕ سپنٕ ہتہ آبہٕ سمندر

ووٕنی کیاہ دِمہٕ یَتھ نارٕ الاوَس

صدیٚن ہندی کاغذ نیٚن گلاوِن.

آدمی کھاوَس کیاہ ژٕ ہتراوَس

آرٕ ہلو روٗٹ سۆنتُک یاوُن

یارٕ بلوَ دِیُت سگ ڈٕری یاوس

شینہِ چھٕرٕ آسہِن وَنہٕ ہارین ڈُنی ہٕژ

پکھہٕ پُژٕ ناوِتھ تژاو پکھ کاوس

غزلہِ منٛے اوسُم لیکھُت ژاوُن

پۆز کھوژان چھُس پَنہٕ نِس ناوَس

۱۹۹۲ء



بٔنۍ پٔژھ عالم تہٕ کینہہ صحرأوی ارماں
بدٕس چھم بس یہے سرتاز عنواں

یہِ چھوکہٕ لد بُتھ یٔنِ وُچھہٕ نس کھنڈاں چھُس
خُدارا آنہٕ متہٕ تھۆوی تو اویزاں

بہارِ پوشہٕ ٹوٗرِ پہر تھوٗکھ
دۆیکھ واوس ژٕ چھُکھ آوار پھیراں

شیشٕے مٔتۍ خلب ہیتھ ووفی پھیر کأتِس
زمانا گوٗوٗ منٔے گامن تاپھ سۆمبراں

وۆں کَتھ طرفس گرِ ڈھکھ حأران کاوو
ژٕینٔ کُس ہاوی یٔنِ خاموش وآراں

منٔے چھا اِنکار تھہنڈِس لال جبرنس
رٕنیۆمُت چھُم مگر کرتاہم داماں

ظُہری افتاب آسکھ ٲگہ راوُن
سری راکھسی ہَلَم دٲریتھ چھہٕ پراراں

مےٚ چھنہٕ بالکل وشٕرھے ووٗفی میانہٕ بوٚزِم
وۄن گوٚو پھیرہٕم تہٕ ہے پتُھم چھوٚن پھیراں

خبرکُس ٲستی کتھا بٲوِکھ فیافس
وَتَن پیٹھ ڈٲیری ژٕرٕژٕ چھُہ تراداں

۱۹۶۱ء



نال سُوہ ہاتہٕ چھُم ژٕٹُن دامن

پھوٗرمےٚ الغاٮ۪بہٕ چاکھ دِیُن جامن

أسی چھِ پاران نُوٚیِنہٕ شاہکارس

شاپھ نُوٚگمُت اَتھن چھُ فَن کارَن

لُکھ چھِ ژھاران دوٚسن دیوارَن تل

پوشہٕ پھُٹی ہِوی پنٛز پنٛز آنگن

آفتابس پھوٗرُم ہَلمَ دارُن

راتہٕ موغلوٗ بُچھُس بہٕ پوٚت شامَن

جانہٕ وارَن جنوٗں، گلبن ہوٗ ہوٗ

شین پیومُت چھُ، سول بہٕ سول گامن

بُلبُلن ہندی وژن بہٕ کیٛاہ ییکھہ ہا

سوٗنتھ آوِ نہٕ ذراو بوٗنن پیَن

ناگہٕ رازس چھُ ووٕنۍ شہر تابین
جوگہِ بلۍ چھُکھ نشران ژپارِ وَنن
ناوڈاآلوِ فیاض تِلہٕ گامِس
دِنیُٹ یہٕ فتواتہٕ کانٛسہِ درویشَن

۱۹۹۱ء



بنان چھُ لکھ پڑ ژھ نے خبر اَتر ڈٕنی زیکھ
دزاں چھُ از تہِ دَپان ییٚنٛ شُہر ڈٕنی زیکھ
الاوِ منٛزِ ووتلان چھِ بَس اکے آواز
نہٕ تالہِ رَز تھوِ ہم نہٕ ساگہِ ہرِ وٕنی زیکھ
نہٕ باغہِ ببرِ ین بوے نہٕ ناگہِ پوچھرِ ین سرٛ یہ
نہٕ جانورِ بولاں ، نہٕ پوشہِ ہَرِ وٕنی زیکھ
وو جارِ آنگن وٕنی دِواں چھِ بسکینن
سوالِ ہیوی پراراں چھِ دارِ بَرِ وٕنی زیکھ
امارِ وو زلاواں کٔزلِ وَتَن زُہم . زُہم
اَزل ییٚنٛ لیکھاں نفر نفر وٕنی زیکھ

کُجاشنگر مالن سُہ شوُژ ریہہ ووہ تلنی
کُجا سِیاہ ژادرٕ ڈلیتھ سحر وُنی زیکھ

عفوٕہُہ تیرِ طُفان ، ییہِ تاپہٕ ژٔنڈ تو یا
قیامتُک منتظر پہر پہر وُنی زیکھ

نہ کاہنہ نظم سآلم ، نہ کاہنہ غزل بآقے
فیاضؔ تِلہٕ گآمِس تُلکھ ہٕژر وُنی زیکھ

۱۹۹۰ء



کَتھو کاغذ ژٕرِم ، حرفن پھولِتھ آس

ہوا اَدِ فٕری کوٚرُم خوشبوٗ ڈٕلِتھ آس

یمَن ینٛخ ہِش اُچھَن بر ہاوُشُن تاپھ

طما اوسُم اَما موسم ڈٕلِتھ آس

ژناں رٲوِدِم مےٚ چشمن منٛز سبز خاب

وُچھاں رٲوُس وَتَن چانِین گلِتھ آس

تمے بازَر تہٕ سُے چرٕی گیٛنٛش تمےَ . لوٗکھ

بہٕ چھُس حٲراں زِ کِتھ شہرس ژٕلِتھ آس

وُچھِس رٲوِدِم کَتھن ہِنٛدی یم سیاہ داغ

سَتو سٕدرَو یَتِن ژُم ژُم چھٔلِتھ آس

طرح دِیتُ ہم غزل لیکھٕنہِ مٕنے وَنہَم

تیوٗ نگل شارَن وُلِم وٲنٛج تُلِتھ آس

۱۹۸۹ء



خوشبو ژھٹاں لاشن ڈلیتھ کمخاب چُھ لۆکن
ییمہِ شہرِ ووّلکُس اورزوسے نایاب چُھ لۆکن
تمہِ شہرِ اگر سۆن کانہہ سمکھیوو تہٕ وُنی زیوس
ییمہِ گامہِ تمے چشمہِ تہٕ سُے خاب چُھ لۆکن
زُنہ گاش کُنن والہِ ژییمہِ کوچہِ پوّتے پھیر
ییتہِ دارِ ہتگن ین ینُن افتاب چُھ لۆکن
ژمی یارِ بلکہِ ووّن ژدِپُس توتہِ رُما آکھ
اسہِ مۆن زِووٕنی آنگنن منزٕ آب چُھ لۆکن
تتھ تایہ وُڈر کرِی منے تلی شکوہ شکایاتھ
یمھ آوِ لنس منزٕ تہِ کیاہ ڈسی یلب چُھ لۆکن

سارِاں چھِ فقط نالہٕ ژھێن سرٕہِہ تہٕ تہِ کمیٔ وُچھ
مَس کھاسی چشمن منٛز کھٔٹِتھ سہلاب چھُ لوٗکن
زالاں چھِ دَیان اَز تہِ شبَن شیشنہٕ کوہن ژانٛگ
سُے سوٗنتہٕ طماوُنہِ تہِ رَچھاں تاب چھُ لوٗکن
ہوٗتھ بزمِچہِ کُلس بیٚیہِ چھِ ڈٔلِتھ راتہٕ موٗغل نال
ووٗنی زانہِ خُدا لانہِ کُس گرداب چھُ لوٗکن

۱۹۸۹ء



شیِنہٕ پَل اٰسی اٰسی الاوِینیے

زٕہِہ ورِٕس اندر جلاوِینیے

شوقہٕ تھاوِیے سبزِ کِتاب رٔچھِتھ

سۄنٛتہٕ زردیے تہٕ ہردٕ واوِینیے

ترٛیشہِ پیٚمتیٚن مُسافِرن ڈٔقی زیو

ناگہٕ پوکھرین خشک تلاوِینیے

اٰسی تھوٚوی متہِ لبَن تہِ کھٔنز کھٔنز ناو

کوچہِ پھیُرِ گوتہٕ اٰسی بنٕے ناوِینیے

ژٕریتھ زمانٕس چھہِ اٰسی وِدِپر باسان

کٔتھ زمانٕس نہٕ اٰسی بچاوِینیے

ژرانہٕ وارَن رُنیے یہِ اَکھ اَکھ داو

تاپہٕ ڈٔزی ڈٔزی بدن الاوِینیے

کاٰقی ہاوَس تہٕ مارِٕ مُتی فیاض

شرٛپی اٰچھن منزٕ تہٕ آمہٕ تاوِینیے

سنہ ۱۹۸۹ء



نُہوِس زمانہٕ ملی ہیوتُم ، بدِس اوٚنُم سوٚرُے جہان
یہِ اوَس میوٚن اور زِوہ سے ، یہے چھِہ میأنی داستان
سمندرٕ ے روٚچھُم منے ڈوٚپ کوٚرِن گرٕ شِھونہٕ کینٛہہ منٛگنی
غبر بیہ میوٚن کرٕ یشہٕ وُن جگر چھُواژ ہتِس پیوان
قلم ہیوتُم قلندرن ، ڈکس لیوکھُم ازل پَنُن
گتُن منے گاتِس وٚوندبنُن ، نَلبن ڈرٕ ہم پننی زبان
ورق ورق پھرِو ، پرِو کتابہ ہُنٛد حرف حرف
چھُونُنہِ تہِ نیسترن شہ سرِ یہٕ ، رگن چھِہ دُنہ تہِ دگ پھہان
ژیے واوٕ سُے مُشک ژھوٚٹُتھ ، امّا منے چھینہ لیوان پڑھے
پنزی شہ میانہٕ آنگنِچ ، گلابہٕ سُتھر تہِ چھا جوان

چمن تھوٚوُے مےٚ آیتن مگر یہِ لٔر ینو مُشِی
ژٕ روز میانہِ دار ہیٚتھ وٚون بُلبُلو دو ہَے پچھان
مےٚ بوٚز تم ہنٛزِ پرِ دٕر گیٚوال چھِ گیت میانؠ از
یمو کرایہ دَرأنِتھ گرِدَ تھٲویو یہِ آستان
ژٕ پَرتہِ میٖر سُنٛز غزل ژٕ چھاو بوٚنہِ ہنٛد شیٖہُل
یِیتیٚن ژٕ بُتھ ینُن وُچھکھ اساں بٔ چھُس تتی بسان

۱۹۸۸ء



ژُو وٕنزِیو ملکھ پوٗز تِم اَسے کرتاں ژُدی
اٰسی گُژھتامَتھ دِلکی ارمان ژُدی
پوشہِ تھرِ گِنڈنُک طمع آسی تِیا!
سوٗنتہٕ وادَو تِم سبزٕ مٲدان ژُدی
پٔژھ یہِنٛز اٰسِم تِم اَسے زَن خاب گے
دُش یِمَن گنڈہا تِم اَسے استان ژُدی
شٔہر ترٲوِتھ ٹیتھ نہٕ نیرَن پرٲنی پاٹھی
حالِ حٲرانن ژُنوِ وٲران ژُدی
تیٚمبر وٕژھ قلمَس تہٕ کاغذ سوٗری گے
یِم لیٚکھِم اَزتام تِم عنوان ژُدی

تارکو آسم ہلم بڑی بڑی تھوان
کیا وَنے اَز تام گژ اسمان ڈُدی

گنہ یمَ آسو وَنان تم شیشہٕ پھُٹ
وُنی یمَ دِمہٕ ہا تمے اِنسان ڈُدی

خبرٕ کیاہ اخبار تیے گے لاپتا
اوس تیے کانہہ کنہاں تم وان ڈُدی

۱۹۸۸ء



کُنِتھ کمن وانین بہار لِکھ پٔڑھنے
یَنٛن تہٕ رُودٕے نا امار لِکھ پٔڑھنے

ینا دَپکھ دادِچ خبراتر پٔڑھ نم
چھوکِن چھُیاکوٚرمُت شمار لِکھ پٔڑھنے

مُسافِرو گامن تہٕ چھا یہوٕے عالم
دو چار شہرن ہندی بٔمیار لِکھ پٔڑھنے

رٔہلی تیٚونگل تھوٕنے رُمس رُمس زالِتھ
شٔیتہلُ چھُیا باسان یہ نار لِکھ پٔڑھنے

کمَن تھوٗوتھ آیت یہ پوشہ پھوٚت آنگُن
ژٔینے کیاز لِہرآوتھ دیٚوار لِکھ پٔڑھنے

ژِ کیاہ دوٚ ہے لیکھان ہزار پرٚژھبن تَل
دۄ ہے چھپاراواں قرار لُکھ پرٚژھنے

شُرا بہٕ غزلَن مشٕز سراب چھُے دوٚ تلان
کرکھ ژِ کَتھ جُرمس نکارلُکھ پرٚژھنے

یہٕ کَرٕ ژھ نوٚ ے شُرخی چھپیے یہٕ اخبارن
فیاضہٕ دوٚ نی کھسہٕ کھاٹہٕ دار لُکھ پرٚژھنے

۱۹۸۸ء



نہ دارِ پٕژ اَلاں چھِ اَز نہ برہنگس صدا گژھاں

یِواں تہِ ہے ہوا رِنگا چھِ کوچہٕ کنہِ سیٚوٗدٕے ژلاں

وَچھس اَندر رچھان چھُن شَبس یُہ چاۓنی آتش ہیتھ

پگاہ چھِ پوشہٕ ٹُنہتھ لبن کھسان سو داستانٕ

یہ چھُس نہ خوٗنہٕ شری غزل یہ چھُس شہ داۓدی لدوٗن

یٚیمکِ اچھِ پلنٕ ژاٹان جگر، وہیتن چھِ ریٚہہ دِوان

شہ دلبری کتیوٗ دلو، شہ کس چھِ یاۓری زان تیٚشر

شہر شہر ہزار بل، نفر نفر چھُ بے زبان

شہ تا یہ ٹیوک تہِ خاب اکھ شہ دوہ تہِ گوو دوٗلیہ ہیتھ

یہ شب تہِ اکھ قیامتھا سحر تہِ پھوٗل وَدان وَدال

یہٕ دامنٕ پھٕلے مہ پٕژرٕ ھ ، یہٕ چھُم گٕژھان کُڈرٕ وٕنُن
اُچھو چھِہ خوٗنہٕ قطرٕ کینٛہہ ہراں یہٕ چھُس جٕرِتھٕ تھواں
شکھ تہٕ میے زُوٗن شٕم ڈولاں یہٕ روزٕ لاش ہیٛو
یہٕ سِرٕ سیٛہ چھُہ پوشٕدُن اَمّا ، رُمس رُمس زہر تیٛلاں
فیاضؔ ترٛیشہ ہیٚوت دوٚ ہے ژٕ ہاں چھُنا رٕ دوٚد جِگر
وَچھس اندر دفن کٕرِتھ ، گُلاب ہیوٗ ژٕ ھلی جواں

۱۹۸۲ء



موسمن ہٕنز وَدل تہٕ خاموشی
اۆف یہٕ بُچھہِ ڈٲنی ڈُنل تہٕ خاموشی
پہیرِ تھاوِتھ چھہِ شہرٕ کیٚن کوچن
عاٲنہٕ انہارِ پَل تہٕ خاموشی
ترٛیشہِ ہٕتی سوٚتھی تہٕ نارٕ ڈزمرٕ ویتھ
کرٛیشہِ ڈٲنی یارٕ بَل تہٕ خاموشی
اَسہِ تہِ باساں چھہِ زیوٚ کلیے مژہش
توٚہہِ تہِ کلہٕ پیٹھی کمل تہٕ خاموشی
میٲنی تخلیق پَر تہٕ پَرکھاوکھ
میوٚن وِرِ ہوٚل ازل تہٕ خاموشی

Digitized By eGangotri

ٔہرِ کُٹرتاں وڑھاۍِ کرتامَتھ

تَتنہٕ چھُ دَم پھُٹۍِ ڈل تہٕ خاموشی

ییٚتر تھہرچ نظرٕ تہٕ نا پرُساں

ییتھ موصُم قتل تہٕ خاموشی

کَےٚ تہٕ فیاضہٕ اَڈٕ ژُٹی ہاوس

پیوٚ تہٕ چھلہِ چھلہِ محل تہٕ خاموشی

۱۹۰۱ء



غمزلہٕ ہٕندِ انمانہٕ سُبحے دارِ کنی پھوٚل آفتاب
سانہٕ آنگنی واو سنوٗنتن آو ہیتھ انہارِ خاب

نار زَن شولان وَچھَس مَنز میںٹھ ذگ ہنگرس، پھہال
مسولَن ہولہٕ وُفی جوانی، آرولہٕ چھولہٕ وُن شباب

اَنگ چھہٕ نشراوان وجودکی اوٚبرِ زھاین ہُند خمار
تا ئپرِو گُلریز کانشر ھاتا برِو ملرہن شراب

قبرِ پیرس پہٹھ چھہٕ میرَس زوٗنہٕ وَنہٕ وان پوشہٕ مال
مائنزِ گلی ہوآلہٕ ناوَسے، شیرِ ہولاگے گُلاب

ہردِ ہاوَس چھُس وُچھان پھوٚلی مُتۍ مزارَن ہٕندی مزار
گردِ اَنبارَس یَران چھُس دردِ گامن ہٕنز کِتاب

شامہٕ سۆندراشوقہٕ ہُتھ پھیراں وَناں یمبرزلن
کامہٕ دیوَن لۆنچہٕ لیکھتھ تھووُمت چھُم لاجواب
گُلبدان نغمن جنوٗنک ساز دِتھ آلو دِوان
دِل چھُہ آخر دِل، گُلو تنبلوومُت رۆدُس نہٕ تاب
نازنین اندازیٚمس کھاسی چشمن ہندی سوال
خابہٕ شہزادن چھِہ بزمراواں تہٕ مشراواں جواب



ٲژ کرٕہِنٛز سٕرپِنٛز چھِ کوٗچھِ منٛز راتھ ہیتھ
شامہٕ پٮ۪ٹھٕ کوٗت دزاکھ یِم جنٛد باتھ ہیتھ
روڈرِ ہٮ۪ٚلی دِتھ شانٛد چوکس منٛز دیان
از چھُہ بینیہ کَس تاں ڈُلِک سوغاتھ ہیتھ
بَرنہٕ کانٛہہ اَڈٕ دوٗتھ نہٕ بولال دارِ از
اَسی تینلِہ نیران لُکھ خَسٲ راتھ ہیتھ
داوٕ ژرینٛے تہٕ ماچھِیے گُمژٕ وٲنٛج دوٗل پل
گاہ بے گاہ اوٗسکھ یوال صدقاتھ ہیتھ
نیرِ ہیے پوشن سٕہ رِگُنٛتھ پھوٗلنٕک طمع
سوٗنٛتھ بینیہ آوٕ سے نہٕ زانٛہہ وہراتھ ہیتھ
پوشہِ مٔتی موشُم ٲژھلی ارماں فیاضؔ
تاپہٕ کزاین منٛز پکان ننہٕ واتھ ہیتھ





راتھ کیژھ فلوآے کیُتھ طوُفان اوس
رُود شرانیو مُنزی کُنے پھیران اوس
کم رُچھکھ کم کم دِمکھ لوُس وُندِتھ
غابہ ہلمس پھیُر دِوال سوچان اوس
چار سویس پیٹھ وَتن پھِری پھِری وُچھان
اَز تہِ کیاہتام رُوُدمُت ژھاران اوس
واو اوسُس زانہِ دَے کیاہ شینچھ اَ نان
خوُن بوُ ہاراں تہ خط لیکھان اوس
سوُنتہ شہلابَس دوہے پھِری پھِری وُچھان
تزیشہِ دامن پوشہِ موُت کرِشان اوس
جانہ مرگاہ دوُہے دوُہس اَفتاب چھیتھ
راَتی راتس شین زن ویگلان اوس
آش کُتامتھ رُٹِھ کوچھِ منز فیاآض
اَز تہِ کس تامتھ وندال زوجان اوس



ژٕھس ہے کیٛاہ یاد کھ ژٕ ہے غوطن آسکھ
ورَق پھراں پنہٕ نٕبن تصوٗرن آسکھ

ہُہ واوٕ رٕنگ پوشن گِنداں یُھتے باسی
سوٗندری ژٕاَچھ پھری پھری وُچھاں وتَن آسکھ

سہ ہے چھِ بدلے کتھ زمانہٕ چھُنہٕ یادَر
سِتارٕ مشیأنی یأٹھی گِراں پلن آسکھ

نہَ دارِ برالپرن نہٕ ژٕوٗنگ کاہنہ برادی
اَتھو کھورو ساراں ژٕکُھٹی لبَن آسکھ

دوہُک دوہ ہے اَسی وَتن ژٕیے گنڈی چھکراں
گُلاب سوٗمبراواں نصیٖف شبَن آسکھ

بوٗمبری ہوَس پھرنے ژٕیے مأنز نٕہندٕ مانے
یمبرزلن سمکھتھ پٔژھاں نمن آسکھ

اَدے تہٕ فیاضؔ ژٕیے غوٗنہٕ مول بخشُے
غزل تیراں گاہے دُعا کرن آسکھ



ادارِ گی یہ کیشاہ مژر بلایہ ہا لگے دِلو

مےٚ وَن کھشنز لجی نظر بلایہ ہا لگے دِلو

شبس رمس رمس تیلاں دوہس انگس پھاں

زمانہ گونی جیواں زھر بلایہ ہا لگے دِلو

ہنہ شینہ وَن کری ژےٚ کُس سو چھی تہ کم ہوس اَرچھی

ژےٚ چھُے دَزان یَنُن شہر بلایہ ہا لگے دِلو

کھندی جوان ادرِ زونے رَچھکھ ژٕ آلو کھ کمس

دود آسی لو سپنز نظر بلایہ ہا لگے دِلو

مُدے گندتہ وتن وچھال شلب راو رتھ بتن

سہ کمی ہیژے خبر اتر بلایہ ہا لگے دِلو

اَنگس اَنگس ژےٚ نیز چھو کھو وجود آمہ تاوی چھُے

بچھاں ژےٚ چھُے پننز دوپر بلایہ ہا لگے دِلو

مشہم تہ کیاہ فیاض موت امار چھیم ژہتس اَنال

تملے جنونہ ہتی پہر بلایہ ہا لگے دِلو



فن کارٕ لأَنِس چھُم لیکھن
دیوانگی ، آوارٕ من
مَس ملرٕٹارِن ژھایہ ہوٚن
اٚیینہٕ وُچھ، چشمن تہٕ سَن
چھُس شینہٕ پل ویگلاں یہٕ دِل
زالاں چھُس پننہٕ نین شبن
اہریزٕ ہلمن ہندی ہلمَ
خسارٕ اتھ دِتی نم محبتن
چانین چھ پھوٚلی میتی پوشہٕ پھٕتی
میانین چھُ دھدٕ ریومُت کفن
ژریۆ تہٕ ما بچھپاں ہاوس پنٕنی
ژتہٕ ماگژھان باقیے غوطن
ونہٕ ہے ہٕ چھُس فیاضؔ پوٚز
ونہٕ نس مٔنے چھُنہٕ روئی سمن



اہر ییٚز نظر تاپہٕ ژٕنجن واوِ ڈلکھنا
گوٚو چاکھ جِگر آرِ ہلن واوِ ڈلکھنا
ووٗنی گوٚو مےٚ رچھاں تاب زمانا تہٕ سُہ گوٚو خاب
گَتھ اوس کَراں سۆنتہٕ شبن واوِ ڈلکھن
پوشن چھِ بَدَس شوخ جوآنی تہٕ ژٕدِس تاد
ییٚنہٕ کارِ ووٚگُن مارِ گلن واوِ ڈلکھنا
اَگر چھِ ژھٕٹاں نار، وتھن دٕرایہٕ پھٹِتھ زیٚو
لجہٕ چشمہٕ درس یارٕ بلن واوِ ڈلکھنا
مُتہ جادٕی گرَن شاپھِ دِتُن گاشہٕ زٕژن تام
موکھ اَز چھُ سیاہ اوٚبرٕ ژنگن واوِ ڈلکھنا.

اَمہِ برٛوٚنٛہہ زِمٔشن نغمہٕ بٕچہٕ نیرِ ژرٛاں وَچھ
اَمہِ برٛوٚنٛہہ زِ گُلستان وزن واوٕ ڈلکھنا
خاموش یمَن دارِ پیٹھن گوٚو وۆل سیٹھا کال
بیٚنیہِ شاپھ دِیکھُ نوش لَبنَ واوٕ ڈلکھنا
بیٚنیہِ نیرِوۆل یٔیتر کأنٛلِ اَز فیاض غزل ہیتھ
بیٚنیہِ پیرٕیہٕ گیٚوَن ناگہٕ بلنَ واوٕ ڈلکھنا



کوٚنَ سپٕری سپٕری ژُھہاں دوٚدمِت مُسافِر
ژلِن کیٛاہتاں پٕراں لیٛوٚکھمُت مُسافِر
زمانا گوٚو زِ بَم خاأراتھ موکلِیے
بَرس تَل آسہٕ کانٛہہ ڈوٚلمُت مُسافِر
کنٛڈٕن پیٛریٛڈاں چھُ رَتھ، وَتہٕ پٕڈی چھِ باوَتھ
یٖیمی وَتہٕ آسہٕ اَز پوٚکمُت مُسافِر
سیٛکتانَن ٹٔینٛنی مُتی خاب چھُکرِتھ
ٹٔنٛس تاپَس شوٚنگِتھ تھوٚکمُت مُسافِر
ژوٚواپاسے چھِ مُکھ استان لاراں
زبان تُلریو چھُ سَنگ بجُھمُت مُسافِر

ہَلمَ دأرِتھ چھُ پھیراں دردِ گامن
خبر کمہِ شہرِ پیٹھ ژٔلہٕٹ مُساَفِر

کتھے باتھے نہٕ پگہٕ ہٕکُ اورِ زوٗ ے کانٛہہ
خبر کُس دود ہیتھ گوٚلمُت مُساَفِر

کرکِ تامتھ وَرق ژھاران فیاَض
ہیجوِمس منٛز ذکَن لوٚگمُت مُساَفِر



جاوِ دأنی چھُ چانہٕ ناوِ لیٚکھان
عُمر جوأنی چھُ چانہٕ ناوِ لیٚکھان
خوٗنہٕ چھِمپھ دِتھ زٕرھری یمکۍ کِردار
بسہِ کہأنی چھُ چانہٕ ناوِ لیٚکھان
سینہٕ عُمر رِتھ چھُ پانہٕ غم زٕرھراں
شاد مأنی چھُ چانہٕ ناوِ لیٚکھان
نال اَچھِرن دُلبھ چھ خاموشی
بے زبأنی چھُ چانہٕ ناوِ لیٚکھان
شوخ یاوُن تہٕ لول ہیبھ شأیر
زندگأنی چھُ چانہٕ ناوِ لیٚکھان

کأینائِچ حسین لولہٕ سپار
لامکأنی چھُہ چپانہٕ ناوٕ لیٚکھان
جانِ جاناں فیاض جانِ غزل
یارِ جأنی چھُہ چانہٕ ناوٕ لیٚکھان



کیتی آنکھ بَدس بہانہٕ پگاہ
گراوِ گراوَے کرِی زمانہٕ پگاہ
چشمہٕ پپھرِ پپھرِ وَتَن وُچھاں روزن
میانہٕ شہرِ کی ژٲھرِی مکانہٕ پگاہ
زُون گنٛزراوِ راتھ دوٕہہ تازکھ
راوِ سیرِ یِس پَنُن ٹھکانہٕ پگاہ
ژٲندرِ ہیائِس نبس اگر پرہیزِ لکھ
زُو دِیے لوٗٹھ عیدیانہٕ پگاہ
نَب چھُ خوٗنی تہٕ شب چھُہ وُٹھ ژایان
مانٛزِ موٗت نیرِ آستانہٕ پگاہ

اَز تہٕ آسِس نہٕ من پنٕس پۆژٕمُت
سوزِ لیکھِتھ نۆوُے فسانہٕ پگاہ

تاپہٕ کرٛاپن اَنٛدر تہٕ چھاۓنی یاز
موضُمن تھاوِ سایِبانہٕ پگاہ

پھاسہِ کھالن فیاضؔ تلہٕ گاٗمِس
تہرِ ترٛاوَن پننِ بےٚگانہٕ پگاہ



دِل چھُ اَنٛدری ژھٹان چھُ نارٕ الاو
موٗت چھُ ہلمَس بران چھُ نارٕ الاو
گوٗژ ینٛے پانس تہِ ترٛیشہٕ ہُنٛد ارمان
سوٗنتہٕ داوَس پٔژھان چھُ نارٕ الاو
تاپہٕ کرایَن چھُ سینہٕ شیٛہلاوان
شینہٕ مانٛین لیٛکھان چھُ نارٕ الاو
کامہٕ دیوس دِلَس ییِتھے گٔژھی تَن
شامہٕ ژھایَن گنٛڈان چھُ نارٕ الاو
میلہِ قطرو چھِ زلو دزان قلمس
خوٗنہٕ اچھپرن بنان چھُ نارٕ الاو

اَز تہِ آسس نہٕ من یِنَس پۆژہُت
سوزِ لیکھِتھ نۆوٗ سے فسانہٕ پگاہ
تاپہٕ کٔراین اَنٛدر تہٕ چائی یاز
موضُن سِتھاوِ سائیبانہٕ پگاہ
پھاسہِ کھالِتھ فیاض تٔلہٕ گاٗمس
تہرِ تٔراوَن ییٚنٛز بےٚ گانہٕ پگاہ



دِل چھُ أندری ژھٹان چھُ نارٕ الاو
موٚت چھُ ہلمَس بران چھُ نارٕ الاو
گوٚوٚژ ینّے پانس تہٕ تزیشہٕ ہُند ارمان
سۆنتہٕ داوَس پٔژ ژھان چھُ نارٕ الاو
تاپہٕ کرائن چھُ سینہٕ شیٖہلاوان
شینہٕ مانٛین لیٖکھان چھُ نارٕ الاو
کامہٕ دیوس دِلَس ییٚتھے گُژھی تن
شامہٕ ژھایَن گنڈان چھُ نارٕ الاو
میلہٕ قطرُو چھِ زلو دزان قلمس
خوٚنہٕ اچھرَن بنان چھُ نارٕ الاو

اَز تہِ آسیس نہٕ من پنَس پۄژٕمُت
سوزِ لیکھتھ نۄوُے فسانہٕ پگاہ
تاپہٕ کژاین اَندر تہِ چھأنی یاز
موضمٔن ستھاوِ سائیبانہٕ پگاہ
پھاسہِ کھالَن فیاض تلہٕ گأمِس
تہِ ترِاوَن ینٚز بےٚ گانہٕ پگاہ



دِل چھُ أندری ژھٹان چھُ نارٕ الاو<br>
موٗت چھُ ہلمَس براں چھُ نارٕ الاو<br>
گوٚو ژینے پانس تہٕ تزیشہٕ ہُندارمان<br>
سوٗنتہٕ داوَس پٔژھان چھُ نارٕ الاو<br>
تاپہٕ کرایَن چھُ سینہٕ شیٖہلاواں<br>
شینہٕ مانٔین لیکھاں چھُ نارٕ الاو<br>
کامہٕ دیوس دِلَس ییٖتھے گٔژھی تَن<br>
شامہٕ ژھایَن گنڈاں چھُ نارٕ الاو<br>
میلہِ قطرٕو چھِ زلو دزاں قٔیمس<br>
خوٗنہٕ اچھَرن بناں چھُ نارٕ الاو

سانہِ وَتہ کنہ سہ گٹہ پھُپی اِی تَن

سوٗن آنگنُ گہاں چھُ نارِ الاو

یارِ گہی لبن چھِ زہو پھُٹِتھ دژِامژ

آرِ گرزہوٗن ژلاں چھُ نارِ الاو

نیٚبر لیکھِتھ لبن چھُ آبہِ آب

اَندرِ اَکھ اَکھ مکاں چھُ نارِ الاو

شہر ترٚاوِتھ ژلو تہ کوٚت فیاض

ہورِ سرحد ژھٹاں چھُ نارِ الاو



شہٲری شہرس لبن لیلام لیوٗکھکھ
شہر باشن تہٕ اکھ اَکھ گام لیوٗکھکھ

قلم پارو دیان جذبن وۄتش دِیتُ
قلم کارس ڈٕکس الزام لیوٗکھکھ

تھوٚوکھ شیٖہجار لیکِھتھ تاپہ کراےٚن
زہر پیاٚلس شرابک جام لیوٗکھکھ

کفن ژھاراں وَتن پیٹھ لاشہٕ اَنبر
خبر چھاپکھ مگر گمنام لیوٗکھکھ

پرژھاں یِم آمہٕ تاوٕچ دگ چھہِ للواں
تِمن بدنن نیبرٕی گلفام لیوٗکھکھ

یہ کمۍ راکھسی ییتھے افتابہٕ ژوٚپن
صُبح سپھوٚل تھے نبس پیٹھ شام لیوٗکھکھ

لفظ کرٕنشان تہٕ معنی رٕوٗدی دَم پھٹی
ترٕ حرفن ملکھ اِبہام لیوٗکھکھ

سانہِ وَتہ کنِہ سہ گٹہ پچھی اِی تَن
سۆن آنگنُ گہاں چھُہ نارِ الاو
یارِ گہِی لبن چھِہ زہو پھُٹِتھ دڑاپٕھ
آرِ گنُزرِ دُن ژُلاں چھُہ نارِ الاو
نیٚبر لیکھتھ لبن چھُہ آبے آب
اٚندرِ اَکھ اَکھ مکاں چھُہ نارِ الاو
شہر تزاوِتھ ژلو تہ کوٚت فیاض
ہورِ سرحد ژھٹاں چھُہ نارِ الاو



شہٕری شہرس لبن بیلام لیُوکھکھ
شہر باشن تہٕ اکھ اکھ گام لیُوکھکھ

قلم پارو دِیان جذبن ووٚتش دِیتُ
قلم کارس ڈٲکس اِلزام لیُوکھکھ

تھوٚوکھ شینہجار لیکھِتھ تاپہ کرایَن
زہر پیاٚلس شرابُک جام لیُوکھکھ

کفن ژھاراں وَتن پیٹھ لاشہٕ اَنبر
خبر چھا پکھ مگر گُمنام لیُوکھکھ

پژھاں یِم آمہٕ تاوِج دگ چھِ للوان
تِمن بدنن نیبرٕ گُلفام لیُوکھکھ

یہٕ کمی راکھسی ہُیتے افتابہٕ ژوپُن
صُبح سپھوٚل تھے نبس پیٹھ شام لیُوکھکھ

لفظ کرِیشان تہٕ معنی روٗدی دَم پھُٹی
مَزرحرفن تلکھ اِبہام لیُوکھکھ



دِل مۆنگُن ، زُوٗ مۆنگُن ، شباب مۆنگُن
سۆنٛتہٕ یادُن مۆنگُن ، گُلاب مۆنگُن

زوٗن ٹاریے کھٕژس نہٕ کیاہ، وَنہٕ ہَس
رأتی راتس منٛے آفتاب مۆنگُن

اوٗبرٕ ژھایوٗمنس تیوٗ نگل تلہٕ ہَس
تاپہٕ کرأہن شہُل شراب مۆنگُن

لۆنٛچہٕ داوَس لوٗمُن سوال کرُن
چشمہٕ پھِری منٛے بےحسابٕ مۆنگُن

میانہٕ شارُک اَچھَر لیوٗکھُن
پوشہٕ وُن نوٗٹھ اَکھ عذاب مۆنگُن

اَز تہِ تأبیر کریشہِ دُن تھوُون
اَز تہِ صُبحاًسے مےٚ لولہٕ خاب موٚنگن
چشمہٕ تٕجہِ تے نہٕ زانٛہہ نِشاطس کُن
زٕلو کلےیَس اَمآ سراب موٚنگن
توٚہہِ تہِ ییٚژھ نوَ فیاض ماسمکھیوو
توٚہہِ تہِ وُنی زٕیو کھ لاجواب موٚنگن



اَنہٕ تھپہٕ نیوٗہس تہٕ پھٹرٕوُکھ دَپاں۔
اَکھ مُسافِر ہیٚرِ وٕدِ نوٗ دُکھ دَپاں۔
اوسہٕ نکھ وُوٗنُت زٕ ژاپن آفتاب۔
آستاں پٕرزمکھ تہٕ مۆت موٗرکھ دَپاں۔
یُتھ نہٕ یَتھ خوشحال شہرس بیچھہ کانٛہہ۔
یِ لیکھتہِ دارِن بَرن تھوٗوُکھ دَپاں۔
پٔہر زالِتھ زوٗل مشٕدورِن کوٚرمکھ۔
وانہٕ محلک خاب اُژھروٗوُکھ دَپاں۔
گامہٕ پیٚپھہٕ آنیکھ کم کم خاب سپٕتی۔
شہرٕہٕ سے پینٕہ نٕے پیتا روٗوُکھ دَپاں۔
آسہٕ ہیس سوٗ قراط شنز صوٗرتھ اوے۔
پھاسہٕ کوٗٹش راتھ کیٚتھ کھورکھ دَپاں۔
اوس تیلہٕ مُنزی مُنزٕ لیکھاں کانٛہہ لولہٕ خط۔
دوستو فیاض مُشروٗوُکھ دَپاں۔






خابہٕ گۆڑا اَکھ خاب گٲنٛتھ گۆو
آرِ پٲلَن افتاب گٲنٛتھ گۆو
یارِ پَلو غارأتھ مشنجوٕس
تاپہٕ ژنجن شہلاب گٲنٛتھ گۆو
شینہٕ پَلوٚ تشلود تہٕ ہَردس
سۆنٛتہٕ سبزٕ کمخاب گٲنٛتھ گۆو
بُرزٕ پٔشن چھُنہٕ قطرِ تہٕ پَشیاں
آنگن تھرِ ہُنٛدی خاب گٲنٛتھ گۆو
غولہٕ خطکُ انہانے رودُس
لولہٕ عشقَن نایاب گٲنٛتھ گۆو
تشہرن ہٕنٛنز رونق غرِ چیاوِن
گامہٕ کولن ہُنٛد آب گٲنٛتھ گۆو



خبر کیاہ کیاہ ڈٔلمٕس پٔنہٕ نس پراں اوس

شہ مۆت ییٚلہِ آنہٕ چھٕٹرآوتھ وداں اوس

ہلمَہ اوسُن گُلالو سیٚتۍ بۆر پھُٹ

وُڈٕر تاپس پٔنٕنۍ ہاوس وَنداں اوس

سوالن ہُند جَبٕوٚل اوسُس اچھن مَنٕز

غزل لیکھاں چھکھا؟ شاید پرٕژھاں اوس

یُمبرزلہِ اوسنس کیٚشاہ تام وۆنہٕ مُت

بہارچ گُتھ تُلِتھ اَنٕدرۍ اساں اوس

ژٕھنٕس اَتھس پیٚہ وٲراں کوچہِ پیومُت

ژٕھپچَن واو اَز صُبحے گِنداں اوس

سبز غانچہٕ پٕرۍ اَتھس اچھن تَل

سیاہ راژٕن وۆزلۍ تاز کھٕجراں اوس

قلم کاغذ وُڈِتھ خاموش فیاضؔ

اَغوطن گو مُت لبن پھِرۍ پھِرۍ وُچھاں اوس



نفر نفر گارٕہم دیپؤن کرٕنم واو
دۆنُس نہٕ کأنسہِ دَلوٕہیۆتُس نہٕ کأنیبے ناو
پڑٕتھکھ تہٕ پَل اَسہٕ نے، وَنکھ تہٕ دیوارَن
زٕرِس گٔلِس شہرس اَندر کرٕکھ کُس گڑاو
مےٚ کر سمکھُ وَنہٕ ہے، سُہ سۆنتہٕ سوداگر
سُہ کر پھۆچی مَسوَل، سُہ کرٕ ڈۆلے زانٕہہ واو
دَتَن پھلٕے لُجِمٕ پٔدِس پٔدِس خوشبو
گُلابہٕ دُتھرَن پیٹھٕ خبر یہِ کٔمؠ سُند ناو
ییٚہی تہٕ پأزنمس، ژلی تہٕ سورُے ہیتھ
مےٚ گیُنڈ تہٕ ہورِپنُ، نصیبہٕ ژٕتہِ اَزماو
نہٕ کھۆت اۆبرٕ تَنہٕ زانٕہہ نہٕ ژٕج کوٕلَن ترٕیشی
سُہ اوس سُے موسم، سُہ اوس سُے دٔری یاو
سُہ آرٕ گرٕزوِ تُلنُ، سُہ شورٕ شَرفیاض
یہٕ کٔترِھ یہِ خاموشی، یہِ کیتھ سَنا صُحراو



اَوبرِ ژھایی نےٚ شبنمُک چِکہٕ چاو
اَز تہٕ صُبحاۓ وُچھُم دَزاں دٕری یاو
شوقہٕ کٕرٕی کٕرٕی تھوٚیوو زٕوٚل وَتَن
اَز تہٕ ہیٚوتہٕ نےٚ نہٕ میشانہٕ گامُک ناو
اَز تہٕ بیٚوٚ سُھٕے نہٕ دارِ پیٚٹھ بُلبُل
اَز تہٕ ڈراوِ ے نہٕ سانہٕ آنگنٕ واو
پوشہٕ نۆلَس کلے یہٕ زٕنو دٕنٕی دٕنٕ
تاپہٕ کرایِن زِ سۆنتھ ما آیاو
اَز تہٕ تھوٚوِہَس ڈٕکس خبرِ تھ افتاب
اَز تہٕ کرٕہَس نہٕ ، خط نہٕ لیٚکھنٕچ گٕژاو
اَز تہٕ دورٕرِم ، ہٕلَم تہٕ پٕرارِ یے یوٚس
اَز تہٕ اوسم مَنَس زِ ڈٕلہٕ ناواو

اَز تہٕ گجہٕژ کلینڈرس سُرخی
زَنتہٕ بدلیٚو آسپھوارَن ناد
رأژ پہُرن یہٕ کٔژھ سنا آواز
یمی چھہٕ آلو ظٕہری دِواں صُحراو
اَز تہٕ فیاّض روشہٕ نےٚ دیوار
اَز تہٕ پژژہہ نےٚ زِنجبر ما آیاو

. . . .



ناو یرٕوُنی تہٕ ناخُدا بدٕلے
سیانہٕ ویٚتھہِ منٛز ڈلاں ہوا بدٕلے

لگُم چھہِ دَم پھُٹہٕ وہ دٲسی ہیٚرِ پیران
ییٚتہِ چھُہ باساں ہوا نوا بدلے

پوشہِ ٹوٗرِن موکھے چھُہ زرٕ داوان
سوٗنٛتہٕ واوُس چھہِ ازادا بدٕلے

سینہٕ کوٗراں چھہِ مٲنٛزِ گُلی کُس تام
رٲژہٕ پہرن گژھاں صدا بدٕلے

ناو پٔژرُ ھمُس تہٕ بس وچھاں روٗدُم
اوس یِمی ہیوٗسہٕ آدٕمسا بدٕلے

نارٕ تیٚوٗ نگلن وچھُم گِنداں صُبحاٗے
تَس چھُہ فیاضؔ ازٕ مُدا بدٕلے

یوٗک دُنیاہ راۓچ راتھ توبا
اَزِنیک عالم اَزِکی یِم ساتھ توبا
اَزِنیک پیٚترِتھ، تہٕ یَتھ زَتہٕ دآدی پانَس
پگاہ بچھِ نم نوٕی حالاتھ توبا
فرِشتن چاک کرناواں گریبان
یہٕ آدمی کھاو، آدمس ذاتھ توبا
یمو کھُری دار تاپری تیپلہِ سرٹکو
چھِ کم موصمن پکاں ننہٕ واتھ توبا
اَما از کیٚاہ سنا نوٚو راز بادچھ
مُتس پَتہٕ پَتہٕ چھُ لگہٕ اَرساتھ توبا
ألمَم دآرِتھ سوٚرِ عالم ژھُنڈِتھ آس
غمستانا روٚزِتھ غُبارا ستھ توبا
خبر کَتھ عالمس منز روو فیاض
وُوں چھنہٕ تس سمکھنچ کانہہ باتھ توبا



لاشہِ اَنبر چھُ چار سویس پیٹھ
بارِ خوٗنر چھُ چار سویس پیٹھ

لاَل راَوِتھ بِچارِ مجنوٗن از
روٗدُ وِتھ لر چھُ چار سویس پیٹھ

شیٖشہٕ خانن شِہُل تہٕ اسہِ کیٛاہ ساَ
سوٗن دفتر چھُ چار سویس پیٹھ

ترٛیش بُجمِر چھہ وَتہٕ گتن تو با
شورِ محشر چھُ چار سویس پیٹھ

اَسی چھِ پوتلین کَراں اَندرِ ژھیپہٕ ژھپھ
پانہٕ آزر چھُ چار سویس پیٹھ

مُسلہٕ پادَن وَساں، گَژھاں پیٚژ پار
سِتَرنہِ اَنبر چھُ چار سویس پیٹھ

تَہے سُہ فیاض داَدی لد للواں
داَدی اکثر چھُ چار سویس پیٹھ

سنہ ۱۹۷۲ء



آیہٕ گیہٕ راتھا نہٕ سحرُک وَخ نہٕ کُنہٕ بُلبُل ہِ چمن
اَز نہٕ بوٗمبرٕ گیہٕ نہٕ تمِ مَس کھاسی اَچھ ییٚمبرزلن
لاش ہیتھ ییٚنہٕ نی نکھس پیٚٹھ راتھ کیٚنٛہ راوِم وَتھے
گاش کانٛہہ ہاوِ یوٗلکو کُنہٕ جاییہ سَن وُڈرا وِ ہن
اعتبارس آپوٗم مدمٔش جوانی وَشفہٕ گوٚم
راتھ دوہ زِتہٕ ژانگی زالیتھ بٔلی کٔرِم پوٗزا وَتن
تَلہٕ سا کانٛہہ ہاوِ مزارا یا تہٕ کانٛہہ وانا کھ زوٗ
کانٛہہ چھپن جایا ییٚتین، یِم آرٕ گٔتی ہاوس چھین
نار ریٚٹھہ سیٚنس گنڈاں اَندری تہٕ زیٚتہ کوٗراں جِگر
یامہٕ تمی شنز بر آنٛژ یا انمانہ بییہِ کانٛژھا وُچھن

وٲنسہٕ ہُنٛز نایاب موکھ پٮ۪ٹھ زَن تہٕ ژٕنٛدٕ پٕنٕنۍ نارٕ چھَل
زایہٕ جاہن منٛز سمچھ آدی قیامتھ موصمن
یمہٕ بنے پٕژھ پرٕ ژھینہٕ زماژٕ نوش لَب پھیراں ووٚ دٲسی
ینیتہٕ عجب مُلی کھپے نہٕ کُنہٕ از کانہہ چھُ گُلریزٕ پٮ۪رن
کرٲلی متہٕ تلتمِ چھوکن متہٕ کرِتہٕ ہیٚیہٕ اٰہی فیاض
گژھ خُدا تھوی نے سلامتھ مٮ۪یانہٕ برٕبادی مہٕ سَن

۱۹۷۲ء



کینہہ اگر باوے تہٕ وَن ویٚتراوکھا
میٲنی درٕے چھے کینہہ لٲبِتھ زٕژھراوٕکھا
اَزلہٕ نامس اسہِ چھُ عنوانٕے مژر
ہیٚو متیایُتھ مُتی شہر مُشراوٕکھا
چوٗرِ ماسنہٕ نے ژٕریے اوٚند پوٚک مابچھُ
اَنہٕ اَزِلُک پٔزی کُنیتھ پھٹراوٕکھا
پان پٔزرِ ناوکھ اگر بٔستی اَندر ۔ ۔ ۔
نیٚرِ نینہٕ گلاوٕنی پیٚنے ٹشرپراوکھا
آمہٕ تاوٕچ دَگ اَندری للوِتھ زُوٗن
زوٗدِنس کرٕکھا جگرِ ازماوٕکھا
میوٗن مُشراوِتھ تہٕ زانہہ پینہٕ نٔن اَندر
میٲنہِ ناوٕکی ژھری اَچھہ ژٕیتراوٕکھا

ییلہِ وۄن ینلہٕ ہے میانہٕ زنہٕ ینتہٕ ٹینکی کرتھ

قبرِ پیرس پیمہٕ غزل گیتہٕ ناوکھا

أنہٕ ڈیشتھ زھلئے چھم بینہٕ نی بچھان

قاتلا بینہٕ خودکشی کرہٕ ناوکھا

پٹ دکھا چشمن جگر زنہٕ کھا پنن

میانی پاٹھین منی ہوس دفہٕ ناوکھا

شاعری ہند ہے اگر زینکھ خطاب

رتھ پنن پانس چینکھا اسہٕ ناوکھا

ناو گرداب اندر ترأوتھ عفو

نیر کھا پانس تیا تُشراوکھا

موت چھ یا مستانہ دلہٕ پھٹمت فیاض

لوکہٕ پامن تن دکھا پینتراوکھا



رٗوٹ مےٚ کٔنٛہ یامو چھِن اَنٛدر افتاب
گوٚو مےٚ واراہ زمانہٕ وۄناں خاب
بوٗل پیٚترٕن چھُ نیٚزٕ شٔرپراوِنی
سرٕ زٕسرٕ کھےٚ سیٚکلِ تہٕ کرٕ پیٹھِ سراب
چھانٛی اَکھ اَکھ ادا چھِ عاشانہٕ غزل
کأینٲتس تھیٚکُن چُھہ چوٗن شباب
زوٗنہٕ گیلاں چھِ نوجوانی چھانٛی
چشمہٕ ہُٕرکھ تہٕ گمہٕ رٕھٹاں افتاب
کہکشانٛس چھِ چانہٕ حُسنٕچ زٕھانئے
چوٗن گفتار زَنتہٕ میوٚکھٹ شراب

دِشیت مےٚ زہرَس دِد ہے تُندک تأثیر.

اَز چھُہ عالم وَناں مےٚ خانہٕ خراب

چانٛی لۭچھ ذٔرے مےٚ اَز تہٕ چانہٕ وَرٲے

زِندگٲنی بنان چھِ غانہٕ عذاب

اچھِ سُمبرن کران چھُ مۆت فیاض

لولہٕ زخمن بنان چھِ تازٕ کتاب

. . . .



سۆنتہٕ واوِچ حسین گرٛائے تہٕ دِل
رو برُو اَز تہٕ چھانٛی ژھائے تہٕ دِل

لوسہٕ اُچھ تہٕ آمہٕ تاوٕ ی بدن
چانہِ لوٚلہٕ تایہ کرائے تہٕ دِل

اَز تہِ سمکھیو تمے جواب مَنٛگِن
اَز تہِ تھووُن سوالہٕ نیٚلئے تہٕ دِل

میوٚن موصُم یہِ اور زوٚ سے تہٕ مَژَر
چانہِ محلہٕ ہُسہ تھز قلائے تہٕ دِل

راتھ کیٚژُ تہے مُسافِرن ژھٕٹھ باکھ
شہر سورُے چھُ بے سرائے تہٕ دِل

اَکھ چھُ ہوٚنٛزَس لماں تہٕ اَکھ راَدس
یَنہِ سوٚچھ ہٕنے سوٚکھ بلائے تہٕ دِل

ساسہٕ بدی غم تہٕ مار موت فیاضؔ
دوستَن ہٕنز عجیب رائے تہٕ دِل



ازتہِ سمکھیوسُہ ناخداکتہِ تاں
اَزتہِ کٔرِمس نظر فداکتہِ تاں
اَزتہِ لوساں چھِ اُچھ وَتَن وُچھِ وُچھِ
اَزتہِ سوزاں چُھہِ الوِداکتہِ تاں
اَزتہِ کوٗراں چھِ مائنزِ گلی کتام
اَزتہِ سُے دگ تِمے صداکتہِ تاں
رٲتی راتَس چھُ نینٛدرِ ناش کَران
موٗت سُہ مجنون فنافی اللہ کتہِ تاں
اَزتہِ اَعجِ مژ چھِ خوٗنہٕ دار نبس
اَزتہِ جاری چھُ کربلا کتہِ تاں
چشمہِ لجبہِ مَژ دَرس چھِ ظہس کُن
ژھایہِ اوٗبرس چھِ وُزِ ملاکتہِ تاں

دِل چھُ فلواتہٕ دارِ بَر چھہٕ دِیان
کٲنسہِ کوٗرمُت چھُ بد دُعا کتہِ تاں

مۄیانہِ ناوٕکی اَچھہٕ شۄرِن کَس تاں
مۄیانٕی موصُم بۄرزھن پگاہ کتہِ تاں

خوٗنہٕ چھَپھہٕ دِتھ بِچور موٗت فیاضؔ
شار لیکھان بِہِتھ جُدا کتہِ تاں

. . . .



ییلہٕ کُڈرٕ ییہِ پم حالاتھ پننۍ
وۄنٛدِ زاۤلِم مٮ۪تی جنٛد باتھ پننۍ
وٮ۪تھِ منٛز ییٚلہِ ییٚلہِ وۄٚتھ واوٕ طُفان
رَتہٕ چھیپھ دِتھ زٕژھرِم ذاتھ پننۍ
ہٕتہٕ میانہٕ کُٹھیُک سنٛسان عفوٗ
ژٕییٚ تہٕ بُخلاۤوِتھ خاراتھ پننۍ
گۄنٛڈی چھیپہِ پیٹھٕ تاپٕری وۄڈٕرن تاں
گُزٕراۤوِم پرٕژھیٚنی ساتھ پننۍ
عرصاتس منٛزٕ پرٕکھوُم پان
اَتھِ آیمَ نیتھٕ نۍ ذاتھ پننۍ
بریتھ ہوسس گوٗنٕیہٕ ہاۤنٛژھ لگِتھ
وِقی لوٗس چھیپہِ دٕرجاتھ پننۍ
یہٕ چھُپھ چانٮ۪ی ہاوسہٕ موٚت فیاۤض
اَشی وانہٕ لیٚکھان واقاتھ پننۍ

یُتھ نہٕ راوکھ تہٕ کُل جہاں راوی
نظرٕ ژھوکہٕ نے تہٕ پرتھ نِشاں راوی
وَتھ چھِ وآناکھ یُتھ نہٕ کھور ڈلی
پان راوی تہٕ کارواں راوی
یُتھ نہٕ چھاوِی پَلنَ یہٕ واوٕ طُفان
آش سوری تہٕ آستان راوی
صُبح پھوٚلی تھےٕ بےٚ ناو نفظن مَنٛز
راتِ راتھ یہٕ داستان راوی
نوزٕ کھےٚ دِل چھُ لول بَر تہٕ گُلن
دِل دِیکھ نَے تہٕ گُلستاں راوی
ژٕ یے گُنے زوٚن موشٕ کھ تہٕ کرٛنز روزکھ
حسرتن ہُند یہٕ کارواں راوی
آمہٕ تاوس اگرٕ نہٕ تاب أنکھ
شوخ فیّاض نوجوان راوی

۱۹۷۵ء



شاًیرِ ہنٛز سۆندر علامتھ اٰس
چشمہٕ کھٮ۪رِ کھٮ۪رِ وُچھم قیامتھ اٰس
باوِ کیٛاہ کیٛاہ زِ کوٚسنہٕ باوَتھ اٰس
ہاوِ کیٛاہ کیٛاہ زِ کوٚسنہٕ حالتھ اٰس
آنہٕ پٹھ ہوٗ اَچھر ڈٕہٕ کھس پٔرِ مس
میٛانہٕ غزلٕچ شرٕے وَضاحتھ اٰس
یوسفس اٰس سازٕ لے وُزِواں
زوٗنہٕ کاپٕچ عجب کرامتھ اٰس
تاپہٕ ژٕنجہٕ منٛزٕ سُہ اٰس آبٕہ آب
موسمن کیٛتُ حسین بغاوتھ اٰس
یاتہٕ ٹھٹھرٕ مُصوٚرس . . شاہکار
گُھنٛدِ تامتھ وۄنٛدٕچ امانتھ اٰس
خامشی اٰس مانہٕ ہنٛرٕ فیاض
اٰس کتاہتام رازٕ باوَتھ اٰس



یُتھ نہٕ مُشرکھ دُیارٕ یُتھ نہٕ مَتی

مَس پریشان اوارٕ یُتھ نہٕ مَشی

تیوٚت پرٕژھیوٚن زِ واوٕ گرایہِ کھوڑان

دِل چھُ آخرٕ بِچارٕ یُتھ نہٕ مَشی

پوشہِ وَرِشُن کَران شاٹھن تام

میوٚن دامن بہارٕ یُتھ نہٕ مَشی

تَتہِ چھِ بوٗزم سیٚکلی تہِ نافہٕ ٹھان

بیٚنتہِ چھُ چمنے ووچارٕ یُتھ نہٕ مَشی

چوٚن یادُن ژِ بیٚنے پوٗشہٕ نٕے مسوٚلہ

ڈوٚل تہٕ میوٚنے سِتارٕ یُتھ نہٕ مَشی

گوٚو تہِ سہلایہٕ بُزی مےٚ خابہٕ محل

لجہِ تہٕ چشمن مےٚ دارٕ یُتھ نہٕ مَشی

ژُونہٕ گاشس تھوِیے مےٚ چھُونہٕ خبر تھ

چیاٚنۍ پیکر نگارٕ ییٚتھ نہٕ مَشی

ییٚلہٕ تہٕ سمکھی ژیےٚ آرٕ کوٚت فیاض

چشمہٕ برٕی زیکھ خُمارٕ ییٚتھ نہٕ مَشی

. . . .

واوَس چھِ گنڈاں رٮ۪ہہ تہٕ سیکتاں چھِ ژھٹاں نار
پوشن چھِ بریہاں وَچھ تہٕ گُلستاں چھِ ژھٹاں نار
پیمژ چھِ اَنِن ژھاے بچھاں ژھایہ چھِ چشمن
لۆگ نوٗش لبن شاپھہ پُرستاں چھِ ژھٹاں نار
بُتراتھ پریشان زِ بارانہٕ تہٕ گے غاب
شینَس چھُ ووتھان دہہ تہٕ کوٗہستان چھِ ژھٹاں نار
تاپس چھُ ژۆرُے مد تہٕ شِشر ماس تہٕ عاران
سِریس چھُ تیتھے تاو زمستان چھِ ژھٹاں نار
ہُمہ وَن چھِ دِوان کریکہٕ ژوواپار چھُ ہُے ہاے
کُنہ جایہ چھُپو تام بیاباں چھِ ژھٹاں نار
ژہے از تہٕ زوٗل ماَلی تلکھ پردہٕ در آچن
تیٚلہِ باسہِ زیخ بستہٕ شبستاں چھِ ژھٹاں نار
غالِبے چھُ کانہہ معراج سراں نظر ہُند فیاض
بارو دِواں گوٗنماتھ غزل خاں چھِ ژھٹاں نار

نظر سوزُم دِلکُ جلاوُ گُن
ساٰنی کنز از چھُ آو آو گُن

راٰتی راتس پھہاں کنڈِن ہترِ دگ
صبح پھوٚلتھے گِنڈان چھُ واو گُن

ناتہٕ پھیرٕ یا سٕہ یاوِنکُ موسُم
ناوٚوں نیریا یہٕ آمہٕ تاو گُن

میزباٰنی کران چھِ نارٕ زٕھٹُن
نینزِ کھوٚنہٕ منز پٔنُن بساو گُن

چھاو پگہک تہٕ لارِیے کاٰنہہ ساتھ
تراو گُدرُن مہٕ حال باو گُن

تامہ پڑآرو فِرآری فیاضس
تاپہ کڑایو سٹھاہ کریاو گُن



وٕنِتھ چھِ وُلاں سوتھٕن چھِ اَلہٕ پَنٕے تراے
یُپ چھُ کنتہٕ تاں ژھیپتھِ ایسے ہمسائے
سَرفہٕ بتی تہٕ غارزاں وَتہٕ گتھ
جوگی مستانہٕ بہن تامتھ واسے
ناژٕ ہلکاری واو کور گژھکھ
یُس وٕسٕے یِیتہٕ بُچھاں چھُ سرتاپائے
اَزتہٕ بُچھِ نٕے سراب لوٗسِتھ پیٚکھ
چشمہٕ گوٚبہٕ نٕے لگی اُشس ددرائے
شام وقتن رٕبوٗر لوٗگمُت اوس
دِی زِہوس صبُح تام چھِپِنس جائے
تَنٕے زمینس وُنَل چھِ وُہرِتھ زال
ژاپھِ سِرِیَس دِوان چھِ کُس تام ژھائے
اوس گوٚرمُت حُبلایہٕ وطن فیاّض
توتہٕ بوٗزِم بساں چھُ ژٕبی ہمسائے.

ناوٕ رٕوسی دادیو دوکھو ژٕوڈمُت فقط آہی کٔراں
ہَہے یہٕ آدم ہے لوٗڈکھ تِلہٕ کٔرایہٕ کہُ یا دوستو
دٕہی کمَن ہوسن تہٕ اَرمانن کٔفن ڈٕلی ڈٕلی عفوٗ
لاشہٕ یَتھ سینٕس اَندر ڈٕڈرایہٕ کہُ یا دوستو
لوٗسی تَن پیمانہٕ ، میخانٕس اَندر موٗژی تن شراب
مُتی فیاضَن چیوٗ زہر بے. وایہٕ کہُ یا دوستو

۱۹۷۵ء



خیالٔی تصویرن تہٕ کرِ پۆزا یہٕ گٔژھی یا دوستو
نالہٕ متہٕ رچہٕ بے خوٚدی منٛز ژھایہٕ گٔژھی یا دوستو

توٚہۍ کٔرِو شیٚہجار چھاوِیوٚ گلمرگ دوہدِش منٛے کیاہ
میے بہارس منٛز تہٕ تژاویکھ کرایہٕ گٔژھی یا دوستو

سینہٕ پھوٚٹ ہتراآژ وٚدی وٚدی میانہٕ وِسے دادیوٚ دِیاں
آسمانس خون وٚوتھ دَدرایہٕ گٔژھی یا دوستو

پوشہٕ وُتھروٗنہٕ چھہٕ سوٚندر مال یادَن ترٕژھ کرَاں
راز موصوٗمس کنڈین پیٹھ درایہٕ گٔژھی یا دوستو

تیٚمبرٕ وَژھ پوشن تہٕ باضِے شبنمس گٔژھ تالہٕ ریٚہہ
آسمانٕے رٔود بس گزِ ڈایہٕ گٔژھی یا دوستو

ناوٕ رٕوسی دادیو دوٚکھو ژوٚڈمُت فقط آہی کراں
ہَے یہٕ آدم ہے لوٚدٕکھ تلہٕ کڑایہٕ کھٕی یا دوستو
دہی کمَن ہوسن تہٕ ارمانن کُفن ؤلی ؤلی عفوٗ
لاشہٕ یتھ سینَس اَندر ؤڈرایہٕ کھٕی یا دوستو
لوٗسی تَن پیمانہٕ ، میخانسَ اَندر موٗژی تن شراب
مُتی فیاضَن چیوٗ زہر بے ، وایہٕ کھٕی یا دوستو

۱۹۷۵ء



زَگ چھِ تیلاں رُمن بہٕ لیکھ غزل

تامہ رٕنزوِن بہٕ مٕن بہٕ لیکھ غزل

نیٖرٕ چھکرِو وَتن بہٕ لیکھ غزل

یُتھ نہٕ ہانگ اِیہٕ چھوکِن بہٕ لیکھ غزل

واوٕ طوٗفانہٕ راوٕ نم ساری

راوِ معنے کتھن بہٕ لیکھ غزل

تاپہٕ دُدی مُتی ووٗد آسی موصُم میانٕ

وائے کتہِ نَس چھپن بہٕ لیکھ غزل

پھوٗن آسُن چھُ کائیناتُس شوٗب

چانہٕ باپتھ پَلن بہٕ لیکھ غزل

توٗہی بساوِو پَنُن پَنُن عالم

می چھُ واراں چمن بہٕ لیکھ غزل

لاوی اَڑٕ پھلی تہٕ آرٕ گٔتی ہاوس

کٔرِ منے کاتیاہ دفن بہٕ لیکھ غزل

سنہ ١٩٧٦ء



تھاولیکھتھ منس یہِ شار تہِ لیکھ
گوٚو مےٚ دَم پھُٹ دِلُک امار تہِ لیکھ
چانہِ باپتھ گُلاب سوٚمبراواں
میانہِ گامُک سبز بہار تہِ لیکھ
اَز تہِ پَنہٕ نُے وجوُد چھُس ژھاراں
تارِ کوٗٹھن یہِ اِشتہار تہِ لیکھ
میوٗن سپھولہٕ وُن اَسُن تہِ تھاوژہٕتس
میانہِ جِگرٕکی تیوٚنگل تہٕ نار تہِ لیکھ
تاپہٕ کرزاوِ جگر مےٚ توٚہلُت چھُم
ہرنہٕ چشموٚ سرِیٚہٕلُ خمار تہِ لیکھ

پَننہٕ محلکی دیوار ہے لیکھِتھ
میٚون وٲراں گوٚمُت ہزار تہٕ لیکھ
راتھ کیٚنڈ نبہٕ چہٕ تارٕ گٔنزرادٲں
کوٚر مےٚ وَچھ کینٛہ چھو کُن شُمار تہٕ لیکھ
وُنہٕ چھِ اَڑٕ لیٚکھ کیتاب فیٖاضس
شوقہٕ نظروٚ ژٕ اِنتظار تہٕ لیکھ

. . . .



اَگر بہ حال دِل وَنے جگر ژٹکھ وُچھاں وُچھاں
اَسُن مشی مےٚ کُن نظر تُلکھ وَدکھ وُچھاں وُچھاں
وَچھَس اَندر بہ کم زخم رَچھان چُھکھ خبر چھیا؟
دِلَس ژیےٚ ریٚہہ گنڈی ہِین زہر برکھ وُچھاں وُچھاں
نِصیف شین امارِ ہوٚت وُتارِہے دِلس بچھی
دیوار باسہِ نے ہوا، کھٹین نژکھ وُچھاں وُچھاں
کفن وُلیتھ مےٚ کم ہوس دفن کرِم ژِہے وُچھکھ
سِتمگرو ہوس پننی دَفن کرکھ وُچھاں وُچھاں
ژیےٚ کیاہ وَنے اُندری مےٚ کمی غمن ژوٹم جگر
اُژھلِتہ شوخ اوربِ زوے کھٹِتہ تھوکھ وُچھاں وُچھاں
وۄدائی چشمہِ میانہِ وُچھ یہ میانی داستان یر
فیاضہِ اشکبارہِ ہِش غزل برکھ وُچھاں وُچھاں

کَتھ نہٕ اَنہارَس چھُہ اَنہارٕ بَدَل

شہرکس شہرس چھُہ انہارٕ بَدَل

اَز چھےٚ بینٕ ڈیشِنۍ قیامتھ موصمَن

صُبحکس واوَس چھُہ انہارٕ بَدَل

دِہہ گوٚمُت دَم پھُٹِتھ رِینہ اَندری وُہان

یَتھ بنےٚ پَرٕھ نارس چھُہ اَنہارٕ بَدَل

اَز تہٕ ترتیبے چھےٚ ڈُخبر سوٚر خیٚن

اَز تہٕ اخبارَس چھُہ اَنہارٕ بَدَل

گُمہ پسندین نازَن خریدآری کرِکھ

تس وَفادارَس چھُہ انہارٕ بَدَل

بولہٕ دَگ فیاضَ نوٚو انداز ہیتھ

غزلہٕ پرسِتھ شارَس چھُہ انہارٕ بَدَل

وَرخ چھُ ژلہٕ وُن واو ڈلہٕ وُن آفتاب

ڈراو پیٚلہِ آوِسے نہٕ پۄت پھیرِتھ یہِ خاب

ساسہٕ ہُدی اَنہار اٰنَن مشٕز نَژان !

کَمہٕ شیٚہلی سبزار کَمہٕ رٕنبہٕ وُنی سراب

دوان اُچھن پٔری مَس سَوالَن ہُندی نِشان

پۄز ڈیکَس پٔرزلان وُچھمَس لاجواب

اَسہِ چھُ دِلہٕ والین دَپان تورسے لیٚکھِتھ

پوشہِ گۄندی پلہٕ تاٰوی یَس تمُے دِتی عذاب

یَتھ دۄوں تَتھ گوشَس تھوان خوشبو پھِرِتھ

وارِ پھۄلی تَن یا تہٕ صحراوَن گُلاب

گراوِ یاوَن ہُند جنوٗن پار دی اَچھَر

نیرِ وُن ترٛاوِن یہٕ بامعنی کِتاب



شباپچ، یادٕ پچ تے زُلف پیچاپچ کتھا کرٕی تو
گُلابن پوشہ ٹوٗرن ہنٛز تہ پیماپچ کتھا کرٕی تو

بہارس نارٕ وزمل ہِش جوانی، وِزٕ دِوان آلو
حُباپچ، اوبرٕ ژھاین ہنٛز تہ میخاپچ کتھا کرٕی تو

زمانا گوٚو یمن تاپرٕی بٕتھن پیٹھ خاب ژھراوان
قُرپچ، زُنہ راتٕ ہنٛز شبنمٕی شبستاپچ کتھا کرٕی تو

عجب ملکس چھِ وۄنہٕ ہیٛر بیٚیہ تہ کُمٕی تال مُتو منوشن کتھ
نوٕ یے گُلریز ہنٛز کُنہ نوٕ پرستاپچ کتھا کرٕی تو

خبر کانٛہہ مانٛز گلی ہیتھ سوٗنٛتہ راژن آسہٕ ملیراراں
امارپچ، ہاوس ہنٛز شوخ ارماپچ کتھا کرٕی تو



جنوٗنچ کتھ تلُومس پیالہِ چاٗدِیو
غزل کاشرِ ھا پٔروِ کانٛہہ سازوآیو
ژٔٹھ تراوان چھ وُزمل اوٗبرِ ژھاین
شمع ژھوپہِ، ژٔرِ چھ پٔردِ ترآوِیو

بدس نبہ نارِ ہیوٗ ہی مالہِ یاوُن
تلا کانٛہہ نا گرائِن ناد لآیو . . .
شفق شاُمکی تہ ہیٚیہ محفل رِندن ہُنز
تلُو پیمانہِ کانٛشرِ ھا باُگہِ رآوِیو

شبابچ رِنہہ چھےٚ ہیٚیہ لجمٕژ ہواوٕس
دِلکی ہاوٕس وٕچھس منٛز آمہِ تآرِیو
چھ بٔرٕژھی لولہِ اَستانن دٔیاں از
ہلمہ دآرِو تہ قِسمتھ آزمآوِیو
یہ غم مُشرو تہِ ہِجرک شب گزارو
فیاضنی شار تامتھ بوزِ نآ دِیو !!

یُس ژُ یہا گُذریو بنیوو افسانہٕ میٲنۍ

یُس ژُ یہا سمکھیو بنیوو زولانہٕ میٲنۍ

تاپُرو میانِس ڈٲکس یِم گٲژ اَچھر

تالٕبو عنوانہٕ روٗز افسانہٕ میٲنۍ

نالہٕ مُتۍ وُچھمس نبکۍ تارکھ کراں

زانہٕ دِے کٔنھ آسہِ اَز خانانہٕ میٲنۍ

اوٚ مےٚ وُچھ چشمو کٔفنۍ پانس ولاں

اوٚ مےٚ وُچھ قُمُس تاں بناں ہمخانہٕ میٲنۍ

پوشہٕ مَتہ ژٕرِی پوشہِ نِے یِم پوشہِ وَن

زُنہٕ تہٕ زُنۍ تَن گٔنڈی دوٚ سپدو دامانہٕ میٲنۍ

مثانہٕ زتہٕ ٹیکی کٔری زمانن دوستو

اَکھ زمانا آسہِ اَکھ اَکھ دانہٕ میٲنۍ

ساقیس مَس بلٕرِ تاں موٚژری تَن فیاؔفن

زہرِ قطرو روٗچھ دوٚ ہے پیمانہٕ میٲنۍ

سنہ ۱۹۷۲



تیرِ باراں نظر ژٕ کیاہ زانکھ
میوٚن دوٚد ہُت جِگر ژٕ کیاہ زانکھ
گرٛزھ ژٕ یِیے ملرٕ یو شراب چوٚن یٔژھ نے
مِیانہِ شیشُک زہر ژٕ کیاہ زانکھ
نارٕ تیوٚ نگن منٛے بوسہٕ دِتی کھٔی یا
چھِنے ژٕ یِیے آوٕر نظر ژٕ کیاہ زانکھ
وٲنۍ سمیس ہیٚمژٕ چھِ أُنن ہائے
ُلکھ چھِ ژاپاں زہر ژٕ کیاہ زانکھ
چانہِ روٚس ہے بناں چُھ اکھ اَکھ ساتھ
اَکھ قیامتھ پہر ژٕ کیاہ زانکھ
دِل چُھ آخر چھُ گانٛسہِ ہُنٛد اَچھ گاش
دِل آزاری سہٕ کٔرژٕ کیاہ زانکھ
چانہِ باپتھ ویٚتۍ منٛے کم الماس
زانہِ میوٚنۍ جِگر ژٕ کیاہ زانکھ

سنہ ۱۹۷۶ء



اَز چھِ بینیہِ کسں تاں مُتس دٕرامٕژ براتھ
تارِ کوٗٹمن ژکھ چھِ کھارَنِ پوسٕ
بُتھی چھِ وارا پوٗز بُتھین مُری مُری چھِ بُتھی
پرِیتھ بُتھس مُرِ مُری چھِ یارَن پوسٕ
اَز چھِ تَس ٹیٖشر کاکٕ نیٖرن سأنی کِنی
مٔیانہٕ رَتہٕ لیکھو دیوارن پوسٕ
نَتہٕ رکھہٕ کٔری کٔرٕ دیاں رَتہٕ شٔری کوٗر کھ
آسہِ ہِن پوٗرمُت بِچارن پوسٕ
چشمہٕ تُلہٕ نَس چھِم گمٕژ کامن عفوٗ
زاگہِ چھِم رٕوٗزِتھ اِشارن پوسٕ
وۄسمٕژ شِشرس جوأنی چیانہٕ بٕژ آشٕژ
سوزِ مُتی بٕژوٗنٕھٹے بہارن پوسٕ



تصویرن ہُنْد یِرِ وُن البم

بدٕلے دُنیا، بدٕلے عالم

صُبحن شامن چھوٗن ہِنْن غم

نُزِ یہ عنایتھ چھِم تہٕ یہٕ چھا کم

مُتی دِیتُ چاکھ تہٕ پننہ ہِنْن جامن

ٹُلی گیہِ سارِے بستی بر ہم

پوشن تامتھ خاب چھِ گامتی

شامٕچ شیٖہلتھ، صُبحُک شبنم

ہنہِ ہنہِ اُندری واٗنج کوٗراں

پننہِ جنوٗنکی آلو پیہم

شانٕچ لیہِ منزٕ کتھ گنگہ راوٕنی

یہٕ چھُ فیاض پننہٕ نے عالم

۱۹۷۸ء



ژیمّے تہِ زرٕ زرٕ انہارٕ غزل<br>
مٮ۪ٚے تہِ پُٕمہ ساؔدر وار غزل

خابن احساس ہیٚنٛز زٕہو<br>
جذبن ہُنٛد انٛبار غزل

اَرمانن ہنٛز سوٗلہٕ وُٕنی ڈاؔلی<br>
سوزان یارس یار غزل

گِرداَبس إُج ناو مٮ۪ٚے دوٚپ<br>
یَتھ شُدرَس دِیہِ تار غزل

سازٕچ ئے سوزٕچ آواز<br>
لوٗلُک سوٚت سوٚت نار غزل

چانِہ چشمن ہُنٛد خمٲرا تھ<br>
مُٕژی اَکھ اَکھ سرٕیہٕ دار غزل

شبنمٕ قطرن رٮ۪ٚہہ چھہِ دِوان<br>
کُنزاےٚ مَنٛز شٮ۪ٛہجار غزل

۱۹۷۴ء



سۆنتہٕ زرد اَنہار پران
شیٖنہٕ پلَن چھُس نار پران
چھاوٕ تہٕ چھم لاران تیۆنگل
ہاوٕ تہٕ چھُس شیٖہجار پران
یَنہٕ رووُس یَتھ شہرس منز
تَنہٕ ووتم اغبار پران
وُنہٕ چھم باسان کیٚاہتان آتش
وُنہٕ چھُس کَنہٕ دیوار پران
پرِتھ لفظس دوٕ دِیے مۆر لاش
کَفنہٕ وُلِتھ چھُس شار پران
داوٕ طُفانَن نال وۆلُم
آوٕ لَنس چھُس تار پران
ہاوس رُژھراوان فیاض
نارس چھُس گُلزار پران



کاغذ ورقس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ
حرفس حرفس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

ژفہس شولاں نار وٚچہس منٛز
طرفس طرفس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

کیتھ کامن گاٚژ ییتھ شہرس
فردس فردس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

وِگنین زن سوریوٗمٹ یاوٗن
ہارِ تہٕ طوطس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

میل موژرے پٔژ نیلہ پلن منٛز
قلمس قلمس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

دارِ پٹین تاں وآنج پٹھمٕژ
دٕم پھٹی وادس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

از تہٕ وٕچھاں پھیری پھیری آکاشس
از تہٕ فیاضس زیوٗ نیٚنگلےٚ پٔژ

○

زوٗنہٕ ہوٗتھ آنہٕ یاوَن رٲیہٕ راتھ
واسے ژٕینٛژٕنی پیسے منٛے سٲری حارٕ ثاتھ
چھُس پھرانٕ پھری پھری تِمے کاغذ وَرق
چھُس پران دوٕہہ راتھ ییٚنہٕ نی وٲری داتھ
یا چھےٚ کَس تاں مٲنٛز لاگُن اَز نمن
نَتہٕ چھےٚ اَز کس تام دِنی جاپٕنٛخ براتھ
نالہٕ ژٕنٛڈ ژٕنی چانہٕ اَستانکیٚ دیوار
اَز چھُ اَکھ شٲیرٕ منگاں لوٕلچ براتھ
قبرِ پیٚرس کس ہیٚوتو فاتحہ پَرُن
وُنہٕ چھُ مَوت فیٲض ییٚتہٕ حالے حیات

۱۹۷۵ء



عانہٕ تصویر اکھ بناوٕم راتھ
خونہٕ اچھر و جُر بتہ منٛے تھاوٕم راتھ

بُری شہ ترٛاوٕن وچھس منٛے لیکھی مس شار
کرٛیشہِ ناوٕم تہٕ ترٛیشہِ پاوٕم راتھ

شب بیداری تہٕ آمہٕ تاوٕچ دگ
پانہٕ پیٛترٕم تہٕ نیٛندر ساوٕم راتھ

چشمہٕ تمُی سنزٕ تہٕ امتحانک حال
میلہِ قطرن منٛے آپہٕ راوٕم راتھ

ناگہٕ سوٛندرشہ ماری منز تصویر
پننہِ لولٕری کتابہِ چھاپٕم راتھ

چشمہٕ لوسُم منٛے گاش پھولنس تام
راتی راتس منٛے پرارٕ ناوٕم راتھ

واری داتن منٛے سینہٕ دیُت فیاض
خوٗن جگرُک گلیٛو منٛے چھاوٕم راتھ

۱۹۷۵ء



کالہِ پگہُک اکھ گمانا زِندگی
گاسِلاتن ہُند طُفانا زِندگی

محشرس تام تہ لیکھان روزِن لکھارؠ
کرہِ پیٹھ مُشکل، داستانا زِندگی

کاینا تُک آتہٕ، تارِیخ کِتاب
چانہٕ اِظہارِچ زبانا زِندگی
کینہہ گژھان ارزِ ٹُھی تہ کینہہ منزِل وُچھان
ہاوسن ہُند کاروانا زِندگی

کانسہِ باسان یاونس آمُت بہار
کانسہِ باسان قیدخانا زِندگی

اکھ موٗلُل آیینہٕ تقدیرِک فیاض
اکھ پژھن ہُند آستانا زِندگی

کینہہ چھِ اوش ہاران تہ کینہہ بیتہٕ شادمان
وعدٕ وفہُک اِمتحانا زِندگی

سنہ ۱۹۷۳ء



روۄمُت ژھاراں یہٕ روۄُس دوستو

یَتھ مُشِنس منٛز چھُم نہٕ ووٚنۍ ژھارٲن کہنۍ

گرٛاوِ دیوارَن کرِن پۆت کھورِ دٔراو

دارِ پیٹھٕ اوٚسُس نہٕ اَز پراراں کہنۍ

گامی گامَس گاش زَن تیلان اَچھین

شامہٕ پٔتۍ ووٚنۍ ژۄنگ چھُنہٕ زالان کہنۍ

یَنہٕ سُہ موٚت گوٚو نارِ چھٕکراواں وَتَن

بسانہِ آہنگز پیوٚو نہٕ تَنہٕ باران کہنۍ

ہُمہِ وَرِیخ اکھ اَکھ وِگنِز گاٹٕژ چھِ کُنج

یَتھ وُڈٕر دیٛدرِ یے نہٕ جل بولاں کہنۍ

سِلسہٕ بُدی اَرمان تِتھہٕ گٔنِز نالہٕ ژٕٹۍ

زَنتہٕ سمکھیووِ یے نہٕ اَسہِ طوٗفاں کہنۍ

سۆنتہٕ پوشن ہٕوی اَچھِر حُسری مَس فیاضؔ

پھول نہٕ پوٗز مینٲنِس ڈٕکس عنوان کہنۍ



وۄداسی من جِگر ژھیٚنان
گُلاٲلہ تَن جِگر ژھیٚنان

بۆزژھان چھِ معنہٕ رۄس اَچھر
ژھٹرپال سوغن جِگر ژھیٚنان

قدم قدم چھُ نیزٕ سٕری
وَتن وِتن جِگر ژھیٚنال

مہٕ تُل لگے یہِ داستان
مٮ۪نے چھُے دُنکِہن جِگر ژھیٚنال

ژیِٮ۪ے چھےٚ نہٕ ویرٕ پنٕنٕژ نظر
مٮ۪نے وُچھ پلِنَ جِگر ژھیٚنان

اساں چھِ سۄنتہٕ واوِ کنڈی
مگر گُلن جِگر ژھیٚنان

فیاضہٕ چۄن ناو ہیتھ
چھُ کاغذن جِگر ژھیٚنال

۱۹۷۶ء



گٔنڈی چھیہٕ منٛزلہِ راتھ بچارِس
بچہٕ پٕنٛژ رۄزرا باتھ بچارِس
پرسِتھ کوچس منٛز ئنۍ لایان
پتہٕ پتہٕ لُکہٕ عمر ساتھ بچارِس
وَتہٕ پدی تامتھ رتہٕ چھیہٕ ژھانڈان
بچھنہٕ پوان طرفاتھ بچارِس
نُندرٕشی سُندی نُندٕ باٲفی وٕران کیٛنٛہہ
بیٚنہٕ چھنہٕ کیٛنٛہہ سوغاتھ بچارِس
چھوکہٕ لَد پَرِیُھن پانَس پیٚترٕفی
پَنہٕ فی نیٚتھٕ نٔنی ذاتھ بچارِس

۱۹۷۷ء



راتھ سمکھیو تہٕ زاو خابہٕ محل،
ناو تھوٚوس بے ناو خابہٕ محل

راتھ ووٚلے یہٕ سو سنیے تارکھ.
بیٚنہِ تہٕ کس تاں گرِیاو خابہٕ محل

دارِ پٹٚ تہٕ ہے گِنداں چھِ واوٕ زٕنگن
تیٚلہِ چھُ سپداں الاوٕ خابہٕ محل

شیٖنہٕ مانٕین چھُ سیٖنہٕ گٔنی آساں
تاپہٕ ژٕنجہ منز بساو خابہٕ محل

پٔننہِ ناوُک تہٕ وُنی زِ ہے کاشُرٕ پیٚے
میانہٕ بُستی چھُ ناو خابہٕ محل

بالہٕ پیٹھی کنٛز نٔشراں چھُہ واوہٕ طُفان
یارِ گٔہیٚلس بچاو خابہٕ محل

چاۓنی پیکر گراں مےٚ اُونگجہِ گجیم
خابہٕ شٔہزادہٕ چھاوہٕ خابہٕ محل

اُچھ گو ہیےیم تہٕ کٲر نوٚمرہٕ آوہٕ مس
دامنس پیٹھ ہریاو خابہٕ محل

اَنہٕ پھُٹنِچ کتھے مہٕ تُل فیاّض
چُورِ سوٚمبرِتھ بناو خابہٕ محل

. . . . .



اَمارٕ پچِ کَتھا تُلکھ
مےٚ دوٚپ رفاقتھا کرٕکھ

ژیٚیے اَز تہِ چھُے ڈٕکَس مُرِتھ
تیٚیے کِتابہِ ہُندی ورق

وٚوں چھُم نہٕ بوزٕنُے تگاں
بہٕ کیٚشاہ لیکھے ژہُکیٚشاہ یِزٕکھ

کھٕٹے تہٕ چھُم جِگر ژھینٚاں
وَنے تہٕ پوشہِ تُھر ہٕزکھ

دیوارٕ سٹھٕاسہٕ وَکھ پیٚتھر
بُتھ ہٕیے ژٕآنہٕ مٕنٚزی وُچھکھ

مَہ وُچھ مُدٕسے گنڈٕتھ مےٚ کُن
ژٕنیتس پیٚیی ہوا . ژٕلکھ ...

اۆبُر چھُ ژھایہ . گتی کرٲن
دِلو ژٕ وونی کتین چھیکھ

خُمارٕ ہۆت یہ تاپہ دوہہ
غنیمتے چھُ اَز سُتمکھ

کمَن سنگیں دِلَن فیاض
فِدا ژٕ شاعِری کرکھ ...

. . . . .



ژٕپہٕ پار ہٕلم وہراوکھ کیاہ
سیٚکہٕ ٹاکھن منز سمبراوکھ کیاہ

یاداشن ہنٛد کٕٹہٕ کال بوٚمبر
ٹرینٛدرٕ تٕلی مٕشراوکھ کیاہ

زتہٕ داوی چھہٕ پوشن سپنہٕ پنٕن
پیٚترٕ لوٚچن ژٕجری ژٕجری تھاوکھ کیاہ

گلہٕ زیوٕ تہٕ گژھی اظہار کھٹکھ
اوٚش ٹارن ژھایہٕ تہٕ تھاوکھ کیاہ

ییٚمہٕ شہر بٕرتی ڈٔری یاچھہٕ ڈزال
یتھہٕ تایہٕ وٕڈر پیٹھ چھاوکھ کیاہ

دٕلم پھٕٹی گوٚو ساز پیٚندرا زس!
ونہٕ وگہٕ نین منہٕ وُزناوکھ کیاہ

اَز تہٕ آوے نہٕ پانہٕ مُشکِل گوٚ
اَز تہٕ لیوٚکھُن بہانہٕ مُشکِل گوٚ

توتہٕ داوس پرٛژھان سُہ آسہِ خبر
ژُھچھ منےٚ اَپزی گمانہٕ مُشکِل گوٚ

مُکھ چھِ لاشن سُمِتھ کرٛاں لیلامہ
گُلۍ چھُ مورٛان زمانہٕ مُشکِل گوٚ

محلہٕ خانٕہ سُہ شیشہٕ ژٕرژھاراں
روو پننہٕ نےٚ ٹھکانہٕ مُشکِل گوٚ

گامہٕ تراواں بچھِتھ چھِ تنہائی
شہرٕ ژھارُن مکانہٕ مُشکِل گوٚ

تی چھُ باساں زِ سِر قلم کرِ نم
پھوٚر سے مےٚ لیکھُن فسانہٕ مُشکِل گوٚ

وائے کوچن تھٲوِکھ مےٚ چھکرِتھ گنٛڈی
درائے پَننہٕ نِ بےٚ گانہٕ مُشکِل گوٚ

نارِ تھووکھ فیاضؔ تِلہٕ گٲمِس
نار دِیتُ ہَس شبانہٕ مُشکِل گوٚ

۱۹۸۷ء



یَتھ کِتابیے چھِ باب گُژتامتھ

یِم چھِ کُل بُلبُلُ سراب گُژتامتھ

زٲلِ جامن دِیُو مےٚ کیٛا نیر یو

چھِم اُچھن مشنز مےٚ خاب گُژتامتھ

مۆت پریشاں فِرٲری خانہٕ خراب

دِتی مےٚ وقتن خطاب گُژتامتھ

ہردِ واوَو وٚول کَتھ چھِہم زاگاں

آسی پھۆلی متی گُلاب گُژتامتھ

لیکھو مےٚ لچھِ واد خط لیکھاں رۆدُس

آئے واپس جواب گُژتامتھ

اَتھ تلوٗصس بہٕ کیٛا کرِ اژپَن

توتہٕ سقاوِتھ عذاب گُژتامتھ

زانہٕ مولاول لانہٕ کیاہ لیکھن

میانہٕ شہرٕکی نواب گُژتامتھ

سنہ ۱۹۹۸ء



حال پُرژھمس دوٚپن عذابن منز

جائے پرژھمس دوٚپن سرابن منز

چشمہٕ مُتریم تہٕ شینہٕ آنگنُ اوس

کیتی موسم وُچھیے مےٚ خابن منز

ییٚتر خوشبو ہوا تہٕ کرژھٹہٕ ہیے

چاًنی کَتھ وُژھ ظہرٕ گلابن منز

تازٕ شاہکار یُس تہٕ بازر پیو

ناو چوٚنُے چھُ اِنسابن منز

سانہٕ لرہِ ہُنٛدِ بُنٛیش تہٕ چھَپا پیوٚمُت

چھُم سُہ پھِری پھِری پرژھان جوابن منز

یَخ چھُ اچھرَن گوٚ مُت غُبارَس تَل

کَتھ چھِ گاٚمتٕ رٕہتھ کِتابن منز

ییتہٕ چھِ فیاضہٕ نٕنہٕ کرامتھ اَکھ

زِنٛدہٕ روٗدُس بہٕ اِنقلابَن مَنٛز۔

۱۹۹۵ء



یَتھ کتابیے چھِ باب گُژتامتھ
یم چھِ گُل بُلبُل سراب گژتامتھ

زاَلی جامن دِیُو مےٚ کیٚا نیر یو
چھِم اُچھن منٛز مےٚ خاب گُژتامتھ

مۆت پریشاں فِراری خانہٕ خراب
دِتی مےٚ وقتن خطاب گُژتامتھ

ہردِ واوَو وٚول کَتھ چھِہَم زاگاں
آسی پھۆلی متی گُلاب گُژتامتھ

لیٚکھو مےٚ لچھِ وادٕ خط لیٚکھاں رُودُس
آئے واپس جواب گُژتامتھ

اَتھ خلوٗصس بہٕ کیٛا کرَے ارپَن
توتہٕ سَقاوِتھ عذاب گُژتامتھ

زانہٕ مولاول لانہٕ کیٛاہ لیکھِن
میٛانہٕ شہرٕکی نواب گُژتامتھ

سنہ ۱۹۹۸ء



حال پُژزھمس دۄپنٛ عذابن منٛز
جائے پژزھمس دۄپنٛ سرابن منٛز
چشمہٕ مُژریمہٕ تہٕ شیٖنہٕ آنگنٛ اوس
کیتی موسم وُچھیے مےٚ خابن منٛز
یپٔتر خوشبو ہوا تہٕ کرژھٹہٕ ہیے
چھانٛی کٔتھ وُزھ ظھٔری گُلابن منٛز
تازٕ شاہکار یُس تہٕ بازر پیو
ناوِ چوٗنے چھُ اِنسابن منٛز
ساتہٕ لرِ ہنٛدِ کَشِش تہٕ چھا پیوٚمُت
چھُم سُہ بپھری پژھان جوابن منٛز
یِنٛ چھُ اچھرن گوٚمُت غبارس تل
کتھ چھِ گامٕژ رہتھ کتابن منٛز
یتہٕ چھِ فیاضہٕ نٔنی کراموتھ اَکھ
زِنٛدٕ رودُس بہٕ اِنقلابن منٛز-

١٩٩٥ء



اُسی چھِ بنے دَس ووٕنی توٚہی کیاہ چاوو
تریشہِ ہتین وٕنی شیٚچھ دُری یاوَو
شامَن سمکھیے، صُبحَن راوَو
اُسی چھِ مسافِر راتھ نباوَو
مَن سبزارَو، تَن تیوٚنگلا وَو
ہَن ہَن شارَن منٛز غزلاوَو
خاب مزارَن مَنٛز تہِ چھِ بولال
تابیرَن ہنٛدی گُل ہلماوَو
پرتھ کُنہِ لاشہِ چھُ حُلیے ڈٲلِتھ
زاتھ پننی کِتھ کِنی پرٛزناوَو
یتھ صحراوَس کُنہِ چھُنہٕ آنتھے
تایہٕ ژنجین ووٕنی ٹھُرکیاہ تھاوَو
پرتھ کُنہِ ژانگِس رٔنہہ تہٕ نیمہٕ ژ
ووٕنی کمہِ ژانگچ رٔنہہ ازماوَو

۱۹۹۵ء



اچھر زٲوِی جارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل
شارٕ انہارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل

مُدرِ گُفتارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل
نظرِ وُسجارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل

میانہٕ انداز نظمہٕ ہُنْد عنوان
پننہٕ نوکپارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل

چانٛی اَکھ اَکھ ادا ژٕ کیشاہ زانکھ
پٔری یہٕ روخسارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل

اَکھ تخیلُ تہٕ اَکھ ژٕہے تخلیق
فکرِ وُچھہٕ وارٕ چھکھ ژٕ عاشقانہٕ غزل

۱۹۸۱ء



روبرو ویکھ تہٕ زُلفِ مار بچھُان
نظرِ ڈٕ لہم تہٕ چھُم امار بچھُان

نیٚزبنہٕ پیٹھ چھِ زٕنٛدٕ لاش ڈولان
رُوح چھُ وٕلم پھُٹ دِلس چھُ نار بچھُان

ژالہٕ کوتاہ مےٚ ڈُدی وُوں رُلم تامتھ
چھِم نظر چانٛی بار بار بچھُان

چانٛی سوٗرٕ گلو نظرِ چھےٚ سینہٕ ژٹان
چانہِ رویُک ووشل خُمار بچھُان

چانہِ لوٗکُے چھُ از تہٕ فیاضس
چانہِ کوچک اکھ اکھ دیوار بچھُان

۱۹۷۶ء

- سیٹھا ئیٹر کألی ازٕ لۍ زیٖر سازس
چھُ چاران تارِ ساز ندٕر ربابس

زِ تھوٚ کلہٕ والہٕ ہٕری ہٕری جام وٕلگی
لطُف بدٕلے چھُ ازٕ چانِس شرابس

دپان عاشق چھُ یارس چانی دٕرِ سے از
ژیٚنے کن ڈیشتھ پھٹان گمٕ آفتابس

زلیخا برونٹھٕ کنہٕ شیرِتھ تہٕ پارِتھ
وُچھان تاہیر از یوسف چھُ خابس

کُکِل یا ہوٗ یران ، وِگہ نٕن چھُ یاوُن
بہر پھرِی وُچھان پنہٕ نِس شبابس

بمتُ ہوٗشے چھُ بیٚنہٕ ادٕ فری ہواوُن
جنوٗنٕ زہو چھ بیٚنہٕ ڈیٚرمژ حبابس

چھُ حُسنس لول ازٕ ژھاین کرانِ گنٹھ
کران مستانہٕ مُتی پوٗزا گلابس

۱۹۸۳ء



سٕہ دوہہ تہٕ بوٗ غنیمتھ سٕہ شب تہٕ لاجواب اوس

ہنگس جریو منٛے زٕندرٕنب ڈٕکس منٛے آفتاب اوس

پھراں تہٕ اوس نیلہٕ پلِ، پراں تہٕ اوس آدٕ لنی

ژہاں تہٕ بوٗنہ نار بوٗ، لیکھاں پنٕنۍ کِتاب اوس

خبر کٔہنٕز نظرِ لجِم منٛے شبنمس تیوٗ فکٕل تٕلِن.

نتہٕ منٛے سوٗنتھ بوٗپنٕ، منٛے تیے پنُن شباب اوس

ایلے تہٕ آلوٗس بہٕ گٕلی دلس ستِمگرے ژٕ دراکھ

سٕہ چوٗن زوٗنہِ شاپھر دِتھ شبس گٕہن تہٕ خاب اوس

بہٕ ٲسرتہٕ اس پوشہِ مٔژ لبن بیس عطر ہراں

پھولاں منٛے دارِتل گٔے نصف شبن گلاب اوس

قریب یِتھ ہوا گژھاں، سٕہ اوس جود گراما

غریب ہاوسن رٕچھاں سٕہ ماری مۆند سراب اوس

فیاضہٕ زوٗ دِمے دوٗپُن، کٔہتن منٛے خوٗنہ مول ہیوٗ تُن

سکوٗن بوٗ رٕچھاں پنٕن، منٛے کیٛتُ تھواں عذاب اوس

۱۹۷۸ء

# آلوٗ

نالہٕ دِوان چھُس راوَن تیٚول چھُم
نال وُلبتھ بچھِہ وُن گٹہٕ زوٚل چھُم
بالہٕ تھنگِس پیٹھ دَم پھُٹِھ گومُت
پھٔرکہٕ وُن کوترُ وَنہٕ چھِپھ ژھاران
یارِ گوڈس تَل جوٗگی چھِہ پھِری پھِری
رُوٗسی کچھین ہُنٛد مالِینُ گاران
لولہٕ وَژن چھُنہٕ کاشہ گنگہٕ راوان
وِگنہ چھِہ بیٚیہِ تھتی سوٗنتس پراران
ہُمہِ مِلہِ ہُنٛد ٹیوٚکھ زہر بوٚرُت دِہہ
ژھوپہ دَم کرِٕی کرِٕی چھُس نیٚنہٕ گلاوان
ہوٚ چھِہ مُشرٕ زِلوٕ چھِم تاسَس لُجِ مُشر
تاپِس منٛز چھُس تِہ تیوٚت گلاوان
اوٗبرِ لنٛجن نٲرا ستھ منٛگان چھُس
سوٗنتس اَکھ رُدِ راستھ منٛگان چھُس

شورِ شرس منز شور بدن ہیتھ
شہر چھ تکھ شیہجارا ژھاران
جانورن ہندی پھیپہ پھیپہ بوزو
گامہ چھ شیہجن بوئین زالان
شینہ شرونکین انہار چھ راوان
"ان پوشن" دشوار چھُ باسان
اہربلن زلو پھٹی پھٹی درامژ
نار سمندر آب چھ ژھاران
ناگہ نیندر زن خاب چھ گامژ
کولہ چھنہ ووہنی یاون مولہ ناوان
یار بلس پیٹھ یارس ژھاران
کانہہ سوندرا چھنہ نوٹ ہیتھ پراران
تمہ ووہ کولہ ہندی خاب وچھان چھس
رتہ دری یاوس منز بہ پران چھس
اخبارن عنوان پران چھس
لاشن ہندی انبار وچھان چھس
تریشہ گلبن یلہ من کریشان چھم
للہ ہنڈ امرییتھ یاد پیوان چھم

سوچاں چھُس کیاہ وَنہٕ مہجوٗرَس
حال اگر مسولہٕ ہُنٛد پرٛزُٛنم
تمہٕ وِزِ کُس بُتھ دِمہٕ آزادَس
آگرُ تہٕ ہے دُرٕ یاوُک وُچھنم

کوٗنگ کرِ میرِس گرٛاوٕ بہٕ کیاہ کرٕ
کُس کُس دوہ کھ وسٕتراوٕ بہٕ کیشاہ کرٕ

ہی تھرِ سیتین اَز تہٕ گِنٛد کھنا
سوٗنتَس ہرُدِک شاپھ تلکھنا
صُبحے شبنمٕ شار منٛے دِکھنا
اَدٕ مٕرٕ واوٕ اَز تہٕ ڈلکھنا

آؤ بیٛیہ دِکھنا سبزارَس
شوخ جوٲنی تازٕ بہارَس

نالہٕ دِواں چھُس راون تیوٗل چھُم
نال ڈُلیتھ بُچھِ دُن گٹہٕ زوٗل چھُم

. . . .

# ۋُرَن

ژھٹہٕ طوفانا ناوِ چھُ لمان
گاشہِ زژن ژاپاں گٹہٕ کار
ترٹہٕ سہلابَس منٛز چھُس پران
"کتہِ بوزِ دَے میوٗن مےٚ تہٕ دِیہِ تار"

میلہٕ ہچیو کنہِ سِہہ زَن گرٛزان
روٗڑِ پھلین گاٚمتی شہمار
یمہٕ وَتہٕ ڈشتِھ شہہ چھیم ژھوکان
"کتہِ بوزِ دَے میوٗن مےٚ تہٕ دِیہِ تار"

میوٗن چھِ واوَس تامتھ پرژھان
میانٮن وتہٕ وتہِ کھالاں دار
پَنہٕ نَس ناوَس چھپہٕ چھُس لگان
"کتہِ بوز دَے میوٗن مےٚ تہٕ دِیہِ تار"

کاکز وَرقن اچھرِ شرٛیان
قلمس تھامہِ گوٗمُت رفتار
کتھِ کتھِ وَنہٕ ہس زِیوٚ چھم کلان
"کتہِ بوزِ دَے میوٚن منٛے تہِ دِیہِ تار"

اَنگ اَنگ ترٛیشہِ تہٕ تاوِ چھُ دِزان
تاپہٕ ژٕنجو ژٕہمُت شیٖہجار
ناگہٕ بلن ہٕشدی راز چھِ برٛژھان
"کتہِ بوزِ دَے میوٚن منٛے تہِ دِیہِ تار"

رُوح چھُم کرٛنزِ ترآوِتھ ژٕلان
دوٚران چھم مُشترِ لکی آکار
لاش پنٕنۍ چھم پانسَ گوٚبان
"کتہِ بوزِ دَے میوٚن منٛے تہِ دِیہِ تار"

لفظن پیٹھ چھُس داوَس لگان
خوٗنہٕ موٚلس چھُم اَکہ اَکھ شار
سَتہٕ موٚصوٗمن زِیوٚ چھُس دِوان
"کتہِ بوزِ دَے میوٚن منٛے تہِ دِیہِ تار"

۱۹۷۷ء

# سونتہ پھلے

سوت اسنا کور صبحائی گلو یوت نظراہ دزلو کیہ چارن از
متی لاز کرن یالوش رٹن یاون چھ ہنن گلزارن از
یہ چھنے سونتہ پھلے ارمانن ہنز یہ چھ خابن ہند تابیرچ وز
یہ چھ شوخ جوانی ہند عالم ماہ پارن تے گلنارن از
رو یہ ورقن ہند نیہ نیہ کرون انہار چھ یاون تنبہ لاوان
پرسیتھ قدمس شبنمی مختہ جبرتھ ییتہ سو رگتہ پہل شیہجارن از
کستور چھ سازس زیردواں بلبل چھ نوے گلریز گیواں
یاون چھ طیس ہیتھ آروِلن موسم چھ ہنن سبزارن از
ییتہ چشمن ہندی مس کھاسی بترتھ ییتہ نظرن از تاثیر بدل
ییتہ لولہ وزینی بے وایہ دلن ییتہ چنگ پرو روخسارن از
ہمہ اوبرچہ زہایہ چھ شوقہ انان ہمہ ہوہچہ گرایہ گندان سروَن
چھٹہ پوشپری آمتی شوقہ وچھتھ ہس پیالہ بدس نے خارن از
یم ادفری زہی یم پوشہ بہر یم شام شیہلی سونہاری سحر
مستول چھ گلابن لوز کراں وچھ پوشہ لمنزلی کوہسارن از

سنہ ۱۹۸۷ء

# مرحوم محی دین حاجنی سُندِ
# ناوِ ڈآلۍ

ستماز تخلیقن چھُ پرٛزوَن انہار محی دین۔
تارِیخہِ ورقن ہُنٛد چھُ اکھ اشبار محی دین

شوُلاں چھِ یِسٛندی خاب ڈٕکِس باغِ نسیم
عالِم سُہ زبان دان، قلم کار محی دین

دِینُک سُہ موٗت پروانہٕ تہٕ عاشق سُہ نبی سُند
عِلمُک تہٕ اَدبُک اکھ بُلند مینار محی دین

اخبارِ صفن پیٹھ چھُپیتھ تصویرِ وَنان آس
اخبارِ صفن وٕنیپہٕ نہٕ قدآوار محی دین

میراثہٕ علامتھ تہٕ تمدُن سُہ سراپا
یِمہِ ناگہٕ بلکُ داغہٕ روٗس روخسار محی دین

ریشہ وارِ ہنْد تہذیب رچھن وول سونْ خنور
زرِ زرِ چھہ علمدارِ سُنْد گفتار محی دین

ستہ ناگہ چھُجن زلو تہ وُچھن للہ ہنْدیو جامو
دِتھ کاشرِس گو پوشُون اِظہار محی دین

اَچھرن چھُہ میانین از تہ رِتیس حاجنک احسان
لفظن اندر ناپال چھُہ سُہ غمخار محی دین

پھری پھری چھہ وُچھاں لال منڈی ہنْز سبز لوفر
وَتہ ما چھُہ پکاں میون وفادار محی دین

تتھ زہریس منز تہ وُچھن میانی ژٔ تیج تن
ییتھ تاپہ پھریس منز تہ بوشیہار محی دین

تس آسہ نہ پے از تہ مقالات پرٔنی چھم
نتہ آسہ لیکھاں بیٔیہ تہ کانہہ شاہکار محی دین

# عید

لولہٕ اَرمانَن پھُلَے دِلہٕ کیٛن امارَن عیداز

نازکٕرۍ کٕرۍ سالہٕ زَن اَئی نُتش بہارَن عیداز

ہُتہٕ چھِ جنتچہٕ حُورٕ وَنہٕ وال ییتہٕ چھُ دِگہٕ ہُن ہُندٕ سرُود

نَغمہٕ ژٕ رِتراوال رِندن پرہیز گارَن عیداز

نُور وٕ رشہٕ ازکراں فرشس چھِ عرشیچ اکھ نظر

عیدگاہَن مِنز چھِ ژھاراں روزدارَن عیداز

روتلین چشمو زُوٗل کٕرۍ کٕرۍ یِموٗ رتہٕ ژٕ آنگر زالی

لولہٕ مس چاواں چھِ تِمہٕ نے شب بیدارن عیداز

کامہٕ دِو بیٛیہ نیر شامن بالہٕ دامنِ پیالہٕ ہیتھ

راتی راتس روز بِراراں بے قرارن عیداز

عاشقس معشوقہٕ سُند دیدار از وجدس انان

ڈالہٕ سوزاں شادمانی جاں نِثارن عیداز

مالہٕ مُتی جانانہٕ ساتس لول ہیتھ دراہتی فیاضؔ

محبتکی نذرانہٕ لیکھاں دوسدارن عیداز

سنہ ۱۹۸۵ء

ریشہ وارِ ہِنْد تہذیب رُچھنُ وول سونُخنور
زرٕ زرٕ چھہِ علمدارٕ سُنْد گُفتار مِحی دِپن

ستہ ناگہ چھُجِن زیوتہ وُچھِن للہ ہُنْدیو جامو
دِتھ کاشرس گوَ پوشِون اِظہار مِحی دِپن

اَچھرن چھہ میانین اَز تہ رٔتِس حاجَنگ احسان
لفظن اندر ناپاں چھہ سہ غمخار مِحی دِپن

پھری پھری چھہ وُچھاں لال منڈی ہُنْز سبزپوٗنر
وَتہ ما چھہ پکاں میوٗن وفادار مِحی دِپن

تتھ زہر پرس مشز تہ وُچھِن میانی زٔریج تن
ییتھ تاپہ پھرس مشز تہ پوشیہار مِحی دِپن

تس آسہ نہ پے از تہ مقالات پرٔنی چھم
نتہ آسہ لیکھاں بیہِ تہ کانہہ شاہکار مِحی دِپن

# عید

لولہِ اَرمانَن پھُلَے دِلہِ کین امارَن عیداز
نازکٲرۍ کٔرۍ سالہِ زَن اٲۍ بہارَن عیداز

ہُتہِ چھِ جنتچہٕ حورٕ وَنہِ وال ییتہِ چھُہ وگہٕنِن ہُندسرود
نغمہٕ زیتہٕ اوال رِندن پرہیز گارَن عیداز

نورٕ ورشنٕ از کراں فرشس چھِ عرشچ اکھ نظر
عیدگاہَن منز چھِ ژھاراں روزدارَن عیداز

روتلین چشموٚ زوٗل کٔرۍ کرۍ یموٗرتہٕ ژٲنگر زاٲلی
لولہٕ مس چاواں چھِ تمہٕ نے شب بیداران عیداز

کامہٕ دِوِ بییہٕ نیرِ شامن یالہٕ دامنٕ پیالہٕ ہیتھ
رٲتی راتس روزِ پراراں بے قراران عیداز

عاشقس معشوقہٕ سُند دیدار از وجدس اناں
ڈالہٕ سوزاں شادمانی جاں نِثارن عیداز

مالہٕ مُتی جانانہٕ سٲس لول ہیتھ دراہتی فیاض
محبتکی نذرانہٕ لیکھاں دوسداران عیداز

۱۹۸۵ء

# ہُرد

نِصف شبکۍ واوَن دِتُن صدا ہرِدس
تھوٚوُن یہِ ووشِلیومُت صُبح گواہ ہرِدس
صداوُلوٚت کرِہے سُہ اُڈوٚزصن دارِ ہن
سُہ گوٚزہ بدس آسُن تیلنٛیک ہوا ہرِدس
اُتی چھُنب بوٚمبراں، اُتی بلاں تاپس
ہِراز کِنی موصُم پتُن فِضا ہرِدس
سُہ بوٚنہِ ہنٛدیاوُن سُہ تاپرِن ہِترتیہٕ
دُیوچھ گُل موسم گمتۍ فِدا ہرِدس
اَنگس اَنگس سُپھیرِ تھ، زمُن زہرِ تیلاں
یہِ دود وَنہِ ہے پوٚز سُہ توٚرھ تہِ چھا ہرِدس
ہُہ شامہِ شفقن ہُنٛد حسین پھہرِنہِ روٗپ
دِواں حسین انہار یہے ادا ہرِدس
گُلو جوانی دِزِ خموش گے بُلبُل
سُہ کتھ نہِ چمنس پیو کرُن وفا ہرِدس

بہأری سوداگر بٔرِ ژھال چھِ بالوٗ پٮ۪تھ
وۄدأسی جانوٗرن چھُ کیا مُدعا ہر دٔس
مٮ۪نٛے خاب گٔژِ ماتھ ہیٚژ اسے مُلی سوٗنتس
خبر کتیٚن چھُکرِن تہٕ چھاپتا ہر دٔس
زرد پنٛس لیکھِتھ چھُ مصرعہٕ اکھ پٔری زیو
سبز بہارن ہُند چھُ سنٛخ طما ہر دٔس
ژِیکھ تہٕ نار تیٚونگُل گژھکھ تہٕ تیٚخ ہاران
خبر یہِ کٔمی کوٚرمُت چھُ یہ دُعا ہر دٔس

# ہُرد

نیصِف شبنٛم واوَن دِتُن صدا ہَردِس
تھوٚوُن یہِ وٗو شِلیومُت صُبح گواہ ہَردِس
صدا وُنوٗت کرِہے سُہ اُڈٕ وُرِهن دا رِهن
شُہ گوٚرہ بدٕس آسُن تیٚلِئِک ہوا ہَردِس
اُتی چھِہ نب بوٚمبراں، اُتی بلاں تاپس
دِراز بٕنی موسُمٕ پُنُن فِضا ہَردِس
سُہ بوٚنہ ہنٛد یاوُن سُہ تاپرِن ہنٛز تیٚہہ
دُیو چھِہ گُل موسم گمتی فِدا ہَردِس
اَنگس اَنگس شُھپِر مُتھ، زمِن زہر تیٚلاں
یہِ دود وَنہِ ہیٚ پوٚز سُہ توٚرِهہ تہ چھا ہَردِس
ہُہ شامہِ شفقُن ہنٛد حسین مُھرٕنیِہ روٗپ
دِوال حسین انہار یِہے ادا ہَردِس
گُلو جوانی دِرِ خموش گےٚ بُلبُل
سُہ کتھ نہ چمنس پیوِ کرُن وفا ہَردِس

بہأرۍ سوداگر یِژ ژھاں چھہِ بالوٚ پٮ۪تھ
وۄ دأسی جانورن چھہ کیا مُدعا ہرٕ دَس
میٚے خاب گٔژ تامتھ ہیٚژ اَسے مُلی سوٚنتس
خبر کتیٚن چھٕکرِن تہٕ چھاپتا ہرٕ دَس
زرد ونس لیکھِتھ چھُہ مصرعہٕ اکھ پٔری زِ بو
سبز بہارن ہُند چھُہ سَنخ طما ہرٕ دَس
ژیکھ تہٕ نار تیوٚنگل گژھکھ تہٕ تیخ ہاراں
خبر یہٕ کمی کوٚر مُت چھُہ بد دُعا ہرٕ دَس

نذرانہ

# منظوٗر ہاشمی

اُلفتک اکھ ناو منظوٗر ہاشمی
شفقتک دُری یاو منظوٗر ہاشمی

سُے مدُر گُفتار، سُے اسوُن دہَن
تازِ کینہہ لیٚوکھمُت چھیاوُنہِ چھُم پرٛزھَن
دُنی وُنی سمکھُم تہٕ اُچھہٕ نےٚ تَل مےٚ چھُم
کُس دَیاں گُذر یاو منظوٗر ہاشمی

زنتہٕ سُے آواز سُے کنٛتھ بار بار
یُتھ نہٕ مُشراوکھ زیٚکہٕ ہیٚچ آتھوار
اَز تہِ چھُس سوچاں تیتھے کینٛہ باخُدا
داتہٕ نےٚ کرِ گرٛا و منظوٗر ہاشمی

تِم یہنٛز محفل سجاوتھ پانہٕ گو
تِم یِمِن قلمَس دٕژِن سوٚنہارِ زیو

اَز پراں ساٙری یِہو ٚیے اکھ مِصرعہ بَس
میپر محفلِ ذرا و منظوٗر ہاشمی

فورمَس انہاٙر تھوٚوُن تابہٕ وُن
زعفراں زارَس بخشی تُٔمی کاٗتی گوٚن

چمنٕکین پوشن پُرزِھو بیٚون بیٚون یہ کَتھ
کتھ نہٕ تھرِ مُشکیاو منظوٗر ہاشمی

دوستن کرِناوِ تہے ما اِنتظار
تاب ماکرِناوِہیس اٙندرِیُم امار

آسہِ شیراں غزلہٕ کیٚس تاُمتھ بحر
داتہِ تہے نَتہٕ داو منظوٗر ہاشمی

یُس سراپا آسہِ لوٚلے لوٚل بَس
ڈالہِ کیٚا سوزِس منٚے چھنہٕ نفظے بدس

یُمی خلوٗصن ناو چھُم دِیتُمتُ غیاٚض
تَتھ خلوٗصس ناو منظوٗر ہاشمی

نذرانہ

# منظوٗر ہاشمی

اُلفتُک اکھ ناو منظوٗر ہاشمی
شفقتُک ڈُرٕ یاو منظوٗر ہاشمی
سُے مدُر گُفتار، سُے اسُوٗن دہَن
تاز کینٛہہ لیوٗکھُمت چھیاوُنہ چھُم پرٛژھن
وُنی وُنی سمکھُم تہٕ اُچھن تَل مےٚ چھُم
کُس دَیاں گُذریاو منظوٗر ہاشمی
زنتہٕ سُے آواز سُے کنَتھ بار بار
یُتھ نہٕ مُشراوکھ ژٕ پگہٕ ہیٚح آتھوار
اَز تہٕ چھُس سوچاں تیتھے کینٛہہ با خُدا
داتہٕ نےٚ کرِ گرٛا و منظوٗر ہاشمی
تِم یہنٛز محفل سجاوٕتھ پانہٕ گو
تِم یمِن قلمَس ڈرِٛن سوٚنہارٕ زیو

اَز پراں ساؔری یِہوٕ ے اَکھ مِصرعہٕ بَس
میہر محفلِ ذرا و منظوٗر ہاشمی

فورمَس انہاؔر تھوٗن تابہٕ وُن
زعفراں زارَس بخشی تمی کاؔتی گوٚن

چمنکین پوشن پٔرزِھو بیٚون بیٚون یہ کتھ
کتھ نہٕ تھرِ مُشکیاو منظوٗر ہاشمی

دوستن کرِناوِتھ ہے ما اِنتظار
تاب ما کرِناوِہس اَنْدرِیُم امار

آسہِ شیراں غزلہٕ کس تامتھ بحر
داتھ ہے نتہٕ واو منظوٗر ہاشمی

یُس سراپا آسہِ لوٗلے لول بس
ڈالہ کیا سوزس مےٚ چھنہٕ لفظے بدس

یمی خلوٗصن ناو چھُم ویٚتُھ استغیاض
تتھ خلوٗصس ناو منظوٗر ہاشمی

# یِتہٕ پھِری پھِری نالہٕ دِواں ازڈٔل

ہُتہٕ گُمشر باغس منز مسول
یِتہٕ پھِری پھِری نالہٕ دِواں ازڈٔل
دوہرِ چہِ شینچھِ وُزہٕ نوو مانسبل
یِتہٕ پھِری پھِری نالہٕ دِواں ازڈٔل

نہٕ چھِ ہرنے اَز یِتہٕ ژھالہٕ ژُواں
نہٕ چھِ وِگہٕ ہین از نغمے پھوراں
نہٕ چھِ قمری نہٕ چھِ یِتہٕ بولاچل
یِتہٕ پھِری پھِری نالہٕ دِواں ازڈٔل

جہلم چھُتہٕ یاوُن مولہٕ ناواں
نہٕ چھِ اہر بلس از ساز وزاں
نہٕ چھِ ناز کراں از کانہہ نازل
یِتہٕ پھِری پھِری نالہٕ دِواں ازڈٔل

تمہ خوشبوٕنی خوشبوٕنی جانانا وار
تمہ سانہٕ گلستانکی انہار

توہہ ماپے کوت گے تم شوقل

یتہِ پھری پھری نالہٕ دِواں ازڈل

یتہِ سرو چھ ازساری سر خم

ہی تھرِ زن کوراں اندری غم

بومبرنہِ شرِ گجھرِ ہمبرزل

یتہِ پھری پھری نالہٕ دِوان ازڈل

ہمراز ن پنہٕ نمن ژھاراں ون

دِو دارن یارِ بن بیتہِ بدٕن

دل چھِ خالے نظرِ گرژھاں ہاٹگل

یتہِ پھری پھری نالہٕ دِوان ازڈل

گُلمرگہِ گُلن رنگ بدلیومُت

سونہٕ مرگہِ چُھ شینس مل پیومُت

دم پھُٹ ہیوٕ باساں از اچھِ بل

یتہِ پھری پھری نالہٕ دِواں ازڈل

یتہِ یونہٕ شبہل گومُت نایاب

یتہِ گامتی تم سبزارٕ بے خاب

دوونی لیکھِ کتین فیاض غزل

یتہِ پھری پھری نالہٕ دِواں ازڈل

سنہ ۲۰۰۰ء



L[illegible]WAB

([illegible]miri Poetry)

[illegible]AZ TILGAMI

Telgam Pattan, Kashmir

## زان :-

ناو :- فیاض تِلہ گامی

روزن جائے :- تِلہٕ گام (پٹن) کشمیر

تعلیم :- ایم، اے، بی ایڈ آنرز کشمیری

## تصنیفات :-

۱، فتح کرال (تحقیقی مقالہ)

۲، گاشہِ تارُکھ (بچین ہندِ خاطرٕ نظمہٕ)

Printed at Jk Offset Printers,315 Jama Masjid Delhi-6